غلام نبی خیالؔ

# الہام

1970ء پیٹھ تخلیق کرنہٕ آمژ کلامٕک انتخاب

ناشر

کشمیری رائیٹرس کانفرنس

سری نگر کشمیر

کتاب ______ اِلہام

مُصنّف ______ غلام نبی خیالؔ

خوشنویس ______ قاضی عاشق حسین سمبلپوری

طباعت ______ رنگ محل

قیمت ______ 200/- روپیہ

طبع اول ______ 2005 عیسوی



| | | |
|---|---|---|
| Title | : | ***Ilhaam*** |
| Subject | : | Kashmiri Poetry |
| Author | : | Ghulam Nabi Khayal |
| Printers | : | Rang Mahal, New Delhi |
| 1st Edition | : | 2005 AD |
| Price | : | Rs. 200/- |

*Publishers*
**KASHMIRI WRITERS CONFERENCE**
15, Rawalpora Housing Colony
Srinagar-190005, Kashmir
Phones : (0194) 2431122, 2441811

ISBN-81-900781-5-1

# پیش لفظ

شاعری چھ میانٛذ کنہٕ الہام یُس خدا تعالیٰ سندہ طرفہٕ کأنسہٕ ودلیعت چھُ سپدان۔ یُس نہ الہامٔک فیضان حاصل سپدِہ سُہ ہیکہِ نہ زانٛہہ تہٕ اکھ جان شاعر بنتھ تہٕ لسٕنز شأعری آسہِ ذہنی کش مشکُ تہٕ نفسیاتی جدوجہدُک نتیجہ۔ یژھ محنت چھ اکثر اوگری تھوٚگری پأٹھۍ نٔنہٕ نیران یتھ پتہٕ تخلیق کار پأنٛز پانس تسلی دِنہ باپتھ میوٚ کھٕ نہٕ موٚدُر کلام وننٕک دعوا چھُ کران۔

میون ابتدائی کأشُر کلام سپُد سارِوی برونٛہہ "لولُک پرتو" ناوہ کِس اکس 16 صفن ہندِس کتابچس منز 1959 س منز چھاپ۔ پتہٕ دراو بیا کھ مو خصر مجموعہ کلام "پراگاش" 1962 س منز بازرس تہٕ تمہِ پتہٕ کوٚر میٚہ "زنجورہ ہُند ساز" ناوٕک مجموعہ شایع یتھ منز 1958 ہس منز دوٚن وٕرِیَن ہنٛزِ میانہِ نظربندی دوران لیچھمژ میانٛذ کأشر شاعری شامل اُس۔

اَز چھُس بہ پتمین تقریبن ژورن دہلین ہنٛزِ پننہٕ شاعری ہُند انتخاب "الہام" پیش کران۔ خدا تعالیٰ دِین اسہ سارِنی پرنُچ وَکھ رٹنُک توفیق۔

غلام نبی خیالؔ

15۔ راولپورہ ہاوسنگ کالونی
سری نگر 190005۔ کشمیر




# ترتیب

دیدار

چانہٕ تاوہ

غزل ۔ ووٚنۍ چھُنہٕ عشقس کانٛہہ پرٛسان

وۄلوٚنۍ گۄدریوو

غزل ۔ وولہٕ اژ دِلہٕ کٔہن یٔلہٕ دروازن تاٗرۍ دِمو

غزل ۔ غم چھ ہیپہ دِوان بارٕ و تارٕکو بٔندرٕ ترٛاٗوو

حُسنک نغمہٕ

غایِن ہندۍ سراب

کھاندرک سال گرہ

غزل ۔ ٹٔلۍ ہیٚوت ٹٔلی بلغار چھو کُن کیتھ ....

غزل ۔ بہارہ آکھ تہٕ طرفات مُشکہٕ ناوان آکھ

غزل ۔ تس گٔمتس ووٚنۍ پہرا گوو ......

سانیٹ

نوٚو صُبح

غزل ۔ یہٕ لول پھری پھری مہ آزماوُن ....

غزل ۔ چانہٕ وٚچھ پییٹھ زُون کھسہٕ ....

مرثی

آزادی

غزل ۔ اکھ اکھ رات عذاب اٗسی .....

غزل ۔ گٹہٕ بزۍ گٔمتس رُمس رُمس تمہ ....

# بنی آدم

زندگانی نادلویُم تہِ بہ سپدُس موجود
اُچھ زہ مژریم تہ ژوواپاری وُچھم گاشِ پھولان
دُور تاں سُمہِ بھٹہِ روّس نیوّل سمندر ڈلوئے ٹھُم
آفتابِچ گوڈنچ زژ بیہِ یامت آلبَس
نارہ لہَرو اجدرہ سندی پائیٹھی پھُکر ہیتی تراونی
رنگ برنگی جانہ وراہ غائبہ پیٹھن آو وُپھان
تونتہِ مَنزرہ گاسہِ تُلاہ پیوس سُہ گوو لوتہِ وُڈان
گاسہ تُل واوہ دَکو ییتی وسان گوو بون بون
نارہ لہَرو بیہِ ہیوّت نار چھکُن رقص کرُن
بوّڈ سمندر چھُ تُلان شور نظر چھَس ہیوّر گُن
وَشقہِ کنز ماسا خداین تہِ یہِ آدم لوّت اوّن
جانہ ور بولنہِ لوّگ. بوّڈ چھُ خدا بوّڈ چھُ خدا

یوره گژھنچ سو پئتم وِزیلہِ واتہم اَخر
گردِہ ستی آسہ یہ دامن ژھیوٚنمت ہاپہ گوٚمت
اَتھ اگر دِژ میہ دِنن نال خبراوٚر روزِیا؟
پلہ وَن وُنکہ پیٹھےَ پیوندہ ہیرِ بوٚن چھ گھسان
کیاہ چھُنا جان بہ لوٗزراوہ بروہٗی بورِ پئن
ننگہ موت ہیو کڈہ بیتہِ یم ژلہ وِنی کرتتاں دوہ
وائے یمِ پیوندہ نختے چھ پھیکِھن گو یہ راواں
توٗنتہِ منزہ جانہ وٗرس گاسہ ٹلاہ پیوٗوشہ تہِ پیوٗو
جانہ ور از تہ چھُ پرواز کران رِفضہس منزا!



# خیال نامہ

یَتھ گمٹہِ کارِچہِ رُدہ رأتؠ اندر کوّت بیہہِ چھُک تنِ تنہا دژامُت
پچھک باسان کمہِ تان پرِ دلیٚک یوّت آسکھ ڈٲل سأٔلس آمُت؟

اسمانہ وسان رُدہ پاں ژادر قطرِ ک بتہِ نہ کُنہِ کنؠ سٔریہہ پھیران
وچھ سٹرِ کہِ چھ اندہ وندگرد ووتھان زن سوختہ سینن دِہ نیران

یمہِ بازرہ کِس گٔل گوشس منٛزِ یوسہ کتھ باوکھ سوے کتھ راوی
یمہِ وانہ ژیٚرِ یمنٛ موڈن بیہہِ وتہ ہأوکھ ژھاران وَتھ راوی

یمہِ بازرہ کمہِ کمہِ غأب کرکھ ژہ بتہِ أندی پکِو تراونظر ادہ پکھ
یَتھ رأژ چھُ بیہِ اہار بدل گوڈہ کأنسہِ اَتھس ہپ کرِ ادہ پکھ

یِتھ وَتہٕ بےٚ یِمہٕ ہےٚ ستہٕ مگر میہ چھُ پانس یتی دُوٗرٕلوٗتھ گومُت
میہ چھےٚ یِتنی گاشُنس لُٹھِپ لجمُژ میہ چھُ یِتنی منزل دُوٗرِ لومُت

کووہ بانٛتھ ہیوٚ تھتھم ناو پرٛژُھن کووہ ہیوٚ تھٕتھ ژیہ میانِن گتھن سُتنُن
ژہ مہ پرٛژھ میہ کھینٛز ژہ مہ پرٛژھ میہ کھینٛز میہ نہ کھینٛز وُنُن میہ نہ کھینٛز وُنُن

ژیہ نہ میانٛز خبر میٚہ نہ چھوٗن پتاہ ژہ تہٕ شہنشاہ پانُس بہ تہٕ پانس
میہ نہ چانِن شوقن ہنٛز گالنٛگل ژہ نہ محرم میانِس افسانس

یلہٕ لوٗزکھ تیٚلہٕ اتھ رنگ کھارکھ یُتھ میوٚن مژر گژھہِ عام ژٕوپارٕ
یُس گُدرُن میوٚن چھُ میوٚنے سرِ سُے پھرٕوکھ صُبحس تام ژٕوپارٕ

بہٕ تہٕ اکھ مجبور بیکس شاعر یُس مرثی چھُ لیکھان دادٕ ہنٛز
غزلاہ برہ گمتین پوشن ہُند نظماہ دِلہٕ کین چھوکہ لادٕ ہنٛز

یِنہٕ پتٕمِن شارن ہُند معنے وژھنا وتھ فکرہٕ بیٚیم تارُن
یِنہٕ میانِن یمن وِبداکھن منٛز نغمن ہُند ساز ژہ ہیکھ ژھارُن

یِتھ ژھوپہٕ ہندِس شہرس اندرمَس بندرہ ژٕجم وزہ ناوُم کتھ
یمہٕ گلہ ونہ تشیچھ ترأوُم کتھ ہُمہٕ کھسہٕ وُنہِ بسریچ باوُم کتھ

ایمانکۍ ورق کھوٗم سومبرِتھ اخلاصس بُتھِ بیٹھہٕ گرد پھُجم
ساری دِل پوشکۍ پاٹھۍ ژھم لبس بننی وأنج تاوِہ ژٕجم

یوٗسہٕ انجیل أسم پرنۍ منع سوے پٕرم تہٕ زن ایمان پوٗرم
گیتایہٕ قرأنک معنہِ دیتمُ یُس کرشنن پوٚرسہٕ قرآن پوٗرم

یِتھ کاغذ پوشس مُشک دیتمُ ہُتھ کترہ پھلس دُردانہٕ گوٚرُم
وُس تامت زأجم لبہِ نارن لبہٕ نارس شبنم ناو گوٚرُم

یلہٕ واو ژُلن تیلہِ ناو گڈُم بے طوٗل سمندر نالہٕ رٹھ
یارو ہیوٚت چیچی چیچی دأرِتھ دیُن بہٕ أتھس کیتھ خالی پیالہٕ رٹھ

یلہِ دوٗرہِ گلستانن گُل پھلہٕ زن بننی وارہ بہار میٖہ آو
یلہِ کالنہِ لوکٹ شُری اسناہ کوٚر زن پوٚت پھیرِتھ لوکچار میٖہ آو

پیٹھ رُوز سو کیتھ سو چھ از تہٕ زندٕ ے یلہِ بوٗ وپزٕ رٕ ٹہٕ چھُ ٹوٗکھ آسان
عیسیٰ چھ موٗتاہ اکھ لبنہِ یوان سقراط چھُ دیوانہ باسان

میہ تہٕ رنگہ رنگہ یتہِ الزام دِتکھ میہ تہٕ ژُور تہٕ قاتل ناو کوٗرکھ[1]
میہ تہٕ پوشن ہُند ارمان کریوو میہ تہٕ کنڈین ہُند پارٕ او کوٗرکھ

دامن دارِتھ محبت مونگمکھ دامن ژوٗٹھم کنہٕ کنہٕ کوٗرہس
آزادی ہُند آلوٗ لوٗیم ہوٗٹ چیرِتھ زندانس بوٗرہس

نازو روٗچھمُت جُسوار بدن کنہِ ہرده چھ لنجہِ ہندی پائمھٹی ہرِیوو
سٔریہہ دار وجوٗدک نرم جگر یا غم اٰمی کھیوونہٕ غمن یہِ کھیوو

لو کچار اگر سور لیوو سہٕ تہٕ میٚنی یاوُن لیوٗد وٕ ے برہ گوٗو سہٕ تہٕ میٚنی
ہاوس کنہٕ کنہٕ حسرت ہیٚنی ہیٚنی سمسار اگر سرہ گوٗو سہٕ تہٕ میٚنی

دوہ اٰسہِ کارس نفہس کیٚتھو تہٕ لُوسہِ گاٹس پیٹھ ٹُنزران
شب اٰسہِ میٹھین خابن کیٚتھو تہٕ گاٚم نبہٕ کی تارکھ گنزران

---

[1] ۱۹۵۸ء ییس منز نیوہس بہٕ اکس سیاسی مقدمس منز ملزم بناوِتھ جیل یتھ پتہٕ حضرت بل قتل کیس ناو دیوٗو- یہٕ فرضی کیس کوٗر عدالتن ۱۹۶۴ اس منز خارج ـــــ خیال

چھُنہٕ میانِہن دِلہٕ چھِن دُبرایَن کن داغ رِتھ روزان کاشہہ آدم
لُس للہٕ واں للہ واں سینہ پھوٗٹم سئے دود نہ بوزان کاشہہ آدم

یوٚد کانٛسہٕ ہیوان چھُس حال ونُن سُہ چھُ بوزنہٕ برونٛٹھی دُور ژلان
یوٚد کاشہہ چھُم اوَرے حال پرٛژھان تمہٕ ساتن پننی زلو میٛہ کلان

اَش باکِہ ژھچھُم واٰرانن منٛز کھنگالاہ ترووُم باغن منٛز
یِم ڈٔدی ہٮ۪تھ ارمان گاٰم جمع رِتم وچھِرم دلہٕ کٮ۪ن داغن منٛز

یلہٕ نپہٕ نپہٕ کرہ وُن تارکھ نب رو پہٕ چھُوہٕ چھُ لاگان اَسمانس
تیلہٕ اکہٕ اکہٕ چھِ سیاہ داغ پیوان یتھ میانِس واٰران غم خانس

یمہٕ ساتہ حسین کاشہہ نظرِ گژھِم تتھ ساتس چھُس آہی سوزان
یتھ مُنگی مُنگی چھِ اَنان دِل جوراہ تتھ ژلہٕ ونہٕ گرہ چھُس ٹھٔرہ روزان

وونی یلہٕ سوچِس میزانی ڈٔول یِہ ساتہٕ سپُدِ باغی رُم رُم
تمہٕ وزِہ تہٕ امارَن زوم ژھِچھتھ بیتاب دِلَس آلوَ لوُیُم

"دِلہٕ میانہٕ اگر دامن ژیہٕ ووٹھُتھ یِم چھوکھ تہٕ ضرب کتھ شایہ وہین
دلہ میانہٕ ژہ ماتیلہٕ گوبہٕ ہم ہیُولِوٚدوَے نہ ژیہ منٛز دُبرایہ وہین"

یمہ دگہٕ ہشنٕز گژاو کٔمس کرہ ہا یمہٕ سینٕک سیر کٔمس وٕنہ ہا
اَکھ دود ٹشلک للوٗن اکھ داغ دِلک تتہا تتہا

بُژات تہٕ سوے آکاش تہٕ سُے لتو ویٖتھ تہٕ گوٗمت پھٔنٛز پھاکھاہ ہیوٗ
یہٕ گلاب چھُ سینٕک زخماہ ہیوٗ ہرٕ گلالہٕ چھُ جگرُک چاکھاہ ہیوٗ

سوٚنٛچُن چھُ دلس وآراگ تلان لتو ویٖتھ تہٕ بہ سوٚنٛچان یٖتھ کیاہ گوو
یٖتھ سونتس کو نہٕ سہٕ رنگ سونتُک ہُتھ لنجہٕ پیٹھ بُلبُل کیازہ کلیوو

یٖتھ لبہٕ چھُس ڈیلشان کھٕہ لگٕ متی ہُتھ دیوارس کٔن ولیسر یوٗمت
کینٛژھن زندگی ہُندٕ برونت گوٗمت کینٛژن ہُندٕ عالم ہُندٕ ریوٗمت

تہٕتھ پاٹھو متیائے یٖتھ بازارس یم وآنی وو پر یم وان وو پر
یٖتھ پننس وطنس منز تہٕ چھُ ووٕنی باسان میٖہ پننے پان وو پر

کتھ وارہ میٖہ گوو لرہ پار بروٗنہی وُنہٕ اَسس بہارس وآری ییٖنے
یم جگرکی ضرب تہٕ سینکی سرُو یوٚد ژیہ تہٕ ہاوے اَش ٹاری ییٖنے

(21)

ہیم دٲدی ژیہ باوٕنۍ اوس لوٚزٕ ے لوٚد باوٕ ے باوِتھ کیاہ نیرٕہم
دِل چون بے غم رُوزِن وُمرِن دِل چون دُکھ ٲوِتھ کیاہ نیرٕہم

میٚیہ تِہ پرٛژُھے نہ کینہہ ژٕہ تِہ کیازِہ پرژھک بہ تِہ شخصاہ پانس ژٕہ تِہ پانس
میٚیہ نہ چانین شوقن ہشر گانگل ژٕہ نہ محرمِ میأنِس افسانس

سُے گوس بہ لَیس نہ پھُلےٚ چھأوِتھ زخمٕو روٗس حأصِل آو ہکھینہٕ
کتھ پیٹھ ازٕ پرٛژھتم ناوٕ پیتاہ میہ چھُ ناوٕ لچھاہ میٚیہ نہ ناو ہکینہٕ



# غزل

سانہٕ موکھ زوٗن تہٕ کھٔرشہِ پہ تہٕ پرہزلیوو دوٚہے
سانہٕ کیٚنہہ بوزہ ہمٕو معنہ ہمن روو دوٚہے

سُہ تہٕ ساتھاہ پیپہٕ کنہٕ وُکھٹہ بنہٕ پانٔے اظہار
ورنہٕ تصویر کیٚتھاہ سیر مُسا بوو دوٚہے

زندگی آیہ تہٕ ووٚنمکھ لولہٕ متہ لائے کرٔیوٚس
زندگی دڑایہ تہٕ ووٚنمکھ اَسہٕ منوو دوٚہے

شراوہٕ نج کریکھ تہٕ سونتگ گریاہ پھری پھری بوٗز
یاونگ لوٹھ غزل روو دوٚہے روو دوٚہے

پیٚرہ پیٚنژہ سجدہ کرٔتھ ناوہ اچھراسہ گھیلیٔے
رازہ دروازہ اَژتھ رُودُسہ لیچھ لوو دوٚہے

زندگی شان تھوٗن اوس نہ تھوٗوس پھری پھری
غم تہٕ وزہ ناوی دِلس مشرِ دِل تہٕ رنزہ لوو دوٚہے

ووٚنی چھ بوزان خیالسؔ چھ پننہٕ کیٚتھ تہٕ گوبان
ژےٚ خیالسؔ مشراہ یمہ یتہٕ وُزہ لوو دوٚہے



# وُق چھُ پھِران کمَن کمَن

ژٕیہ یوٚدوَے زندگی ہندہ پھُلیہ بآتگ لوٗب چھےٚ رژھرٕن
زمانس کُن وُچھت کوٗہ چھک ٹلان موٗئچ سو وآران کیتھ؟
تِیچ اکھ ژھایہ رژھ چانِس وجودس گژھ نہٕ ہرگز بیٚینز
خداہ تھوٗی نےٚ سلامت! نتہٕ ژلَن عشٕس تہٕ تھٲم نیرِتھ



تےٚ گزٕشتاں دوہی گے یلہٕ سمے مندنین میہٕ نش آیوو
میہٕ اوٗسس طمہکِس مجمس غمگُ سرپوش تھوٚد تُلمت
خبرِ کس اُس تیوٗ نگلن پیٹھ یہ تھوٚوِ میوٗ تےٚ حریرُو دِل



یہِ لبہِ ہُند سات ییتھ یژکال ووٚنی ٲتی ہِی اویزان گوو
یہٕ یوٚدوُے زاہٕہ وُچھان اکھ کُن یہ وایان وُق پکان پانس
زمانس کُن وُچھتھ کوٗہ چھک ژٕہ ہنداوان پننٕز ہاوس؟



صُبح دَم دأن ٹھترِ پیٹھ بیوٗکھ کُستوراہ گیوٗن اوُسس
میہ ٹھوٗمس کن ۔ بہ تے کُس ٹموٗطہ گُلروُوس غموٗ فِکرو
بہ یوٗدیمہِ جگرہ کین خاموش زخمن زلو أنتھ ہیکہ ہا
بہِ وَق ہیچھناوہ ہَن گیہٕ مشز کرٕنی پیغمبری گاشیچ



چھ پِتکیو لوٗبہارو نافہ سیتھن ژھری ہَلم بٕرٕ ہتو
پتکیٕ فضہن چھ لوٗلس پیٹنہٕ امرِہتہ وانہٕ چھُچھمرٕ تن
ژٕمی کوٗنگہِ وارِہ حبہ خولوتہٕ اکہِ دوٗہہ کرٕ مُنزِم یارز
روسُل میرسِ تہٕ ہمنی ناگہٕ رادَن پیٹھ دِلَن ووٗکھٕ کٕڈ
پیتی یتھ دان کھہس مشز گرٕلیسی کوٗراہ ڈیٹھ مہجوٗرن
تہٕ بہ تہٕ ہمِہٕ آنگنچہ دوٗسہٕ تَل ژٕیہ کُن ٹھلہِ ٹھلہِ وُچھان اوُسس
مگر وٗل تنہٕ تہِ گووقتاہ سو دوٗس اندہ وندہ ژھنکھ لُہرِتھ
گوٗمُت وُٹھی وان کیتھِ کنز روٗے سمم ہتھ کتی ژٕیہ کُن وُچھنس
بہ کیتھہِ پأٹھٕن کڈان دوٗہ دوٗہ ژٕیہ ٹھوٗی نے بے خبر تمہِ لٕنش



ژٕہ چھک اکہِ ببرہ باہنغ پوشہِ گوندر ڈووٗکھٕ لٕنش ژٕ چھنے
چھ نتہٕ ہرِدِچ ہو کھےَ سٕرٕیہہ دار موٗلن تام دوٗہ ڈٕہ راوان
بہِ نٕے خوشہ وُن فریاہ میأنسی بے کل دِلَس پھرِہ ہے
میہٕ ماتیلہِ سونتہ برٕوٹھی یوسمَن ٹھترِہ نیرہ ہَن یامَن



گُلاُس زندگانی دِژ وَچھکی داغن میٚہ ووٚندمَس رَتھ
چھُ مرِ مرِ زندہ گڑھی گژھی لول پیہم کھَوچَن کھوتمُت

چھ موتِچ نٔز حقیقت ووٚنی میہ لنش سِر دار اَفسانہ
مہ کر اَتھ سوٚرہ ڈیرس پھیٚرُ ژیہ لوڈنے چاندِہ گُلی ہینی
میٚہ یَتھ زہراب پیالس ترلیشہ پیا اَک ناو دِتھ موٚنی کٔر
ژیہ چھےٚ تتھ کُن وُچھتھ میٹھِن وُٹھن ہُند میوٗ ڈرس ہوٚکھمُت
خداہ تھوٚئی نے سلامت! یُتھنہ عرشس تھَم ژٔلن نیرتھ



# غزل

گُلاَبۍ لور پھولان زن وُچھم سو خابُس منٛز
یُسند قدم چھُ شہُل ناگ ییٚتھ سرابُس منٛز

یہ تاپہ کراے دوپہرچ یہ آمہ نیومُت دوٚہ
میٚنہٕ سونت گوٚژھہٕ دغاہ دیُن یہ چھُس عذابس منٛز

عقل تہٕ روز خیالن دوٚہے تھوان سرپوش
دلن تہ راز کری اشفا دوٚہے حُبابُس منٛز

زمانہٕ اوس کتین ووت کوٚت تہٕ واتہٕ کوتن
زمانہٕ درام سبٹاہ برونٹھ اُتھی حسابس منٛز

یِمُس یُتھ آو کڈان گوٚو تیتھےٚ یُسہٕ اتھ معنےٚ
ونان خیال مرٕ گوٚو مِتس شبابُس منٛز



# غزل

راتھ اُسی حقیقت چھ از افسانہٕ وَنے کیاہ
کمہِ میانٕہ سمجھ پانہٕ بہ تہٕ واہٕ وَنے کیاہ

رٕتہٕ داٰوی چھ گلو کاری گرن۔ فن تہٕ چھُ عریان
کم جامہ وٕلِم لوتہٕ دِتکھ طعنہ وَنے کیاہ

سُہ تہٕ اوس وقت سانٕہ سبکِلی نافہ زٕھٹان اُسی
یہ تہٕ آوسُے دأن چھ بے داہٕ وَنے کیاہ

تنہ شہر بسأے کِتی مکانس میٖنہ دِژِوو کٕن
سُے خیمہ تہ سُے واو تہٕ وأراہٕ وَنے کیاہ

سُہ تہٕ اوس خیال اوس دِپان گاش میٖنہ ہیوٚت ٹلو
دُہلِس ونان از رات سُہ دیوانہٕ وَنے کیاہ



# نارُک سرُان

[رائیڈر ہیگارڈ سنز SHE تہٕ RETURN OF SHE پٔرِتھ]

نالہِ یمہٕ روٗٹ شولہِ وُن نار ئتہٕ ناراہ چھووُن
ساسہٕ بدٕ ؤرٕ یہ جُدایی ہندٕ یمِس بُرنزی یاسیٔے
تَس اُگرنَے آبِ وُصلچ آش تیلہِ آسہٕ کمِس
میانہِ بیمار زُووِ یمہ گرِہ کٔرٕ تام کجھ
زندگی چھے لاوِہ لیچہِ پیٹھٕ شنہ تھوٗس ہش باسان

زندگی زیوٗٹھ سفر منزلہ مگر نامعلُوم
کَس چھُ معلوم سو مظلوم اَیچھو بیہ ڈیشن
سات کھنڈیوٗد چھُ گرٕشہاں ژٕیرمتان زن چھم دِل
دُوررک زٔیُہہ تہٕ چھُ باساں میہ قیامژ ہُند دوہ
سوٕے چھ زانان تہٕ میہ کرٕزٕ اُنی سو وُمرِن ہنز وٕہس
تو تہٕ چھم شوق لتندی لوچہِ لمان تمبلاوان

میانہِ محبوبہ ژیہ گۓ ناسا کَنن میأنی ویداکھ
لُولی ووِنی آکھ ہۍ وولہ یِتھ لولِہ مشر للہٕ ناوتھ
چانہِ باپتھ میہ رچوو نار تہ نارٕن زأجس
عشقہ دأدِس میہ دژوو سینہ تہ سینس ویہہ بیوم
زندگی زلیوٹھ سفر منزلہ مگر نامعلُوم

یُس یہ چشمو چھُ وَسان خونِ جگر، دار اَرشِح
کیاہ امی ہستی ہمیا سوختہ سپنن ہشر ترِیش
رأژ ہُند پردہ تُلو پردہ تُلِو تِلمہ کریوس
نُورہ محلگُ روپہ شہزادہ ہَنا ونہِ کڈہ ہون
رُودہ شرأنین تہ ترٕٹن مشرتہ چھ سونرل ناپایان
ولے کأژاہ زندگیہ چیرہ اَکھن ژجہ نیرِکھ
اونگجہ زالیو کنہ یِتھ کنہ چھُ ژلان گلہٕ وُن شین

ازتہِ سانین ہاوسن ہندی ژھبتہ گأمتی چھ الاو
سورہ ڈیراہ چھُ تہ متز چھس زتنین ہندی تارکھ
نُورہ مَحلگُ روپہ شہزاہ ہَنا وَنہِ کڈی لوتن
زندگانی چھنہ فانی زِندگی لافانی



# غزل

ژتم دوہ یلہٕ سوٚکھ اوس ہیوٚے آغس تہٕ غلامس ژتم دوہ گےٚ
خوش پأٹھن گلریزاہ پیرہن سأری شامس ژتم دوہ گےٚ

ژہ تہٕ ہندریوٚمت میٚہ تہٕ گےٚ تسلی ووٚنی کیاہ سیرس فاش کرُن
ونہ ہوٚ خاصن ژمن نہ فرصت ونہ ہوٚ عامس ژتم دوہ گےٚ

تنگ نظرَو کوٚر ساقی رُسوا کم ظرفوٚ سٔرو گرو و شٔراب
أسی یلہ چیٚمہٕ ہوٚ چینہ بروٚنہہ کرہ ہوٚلچھ موٚ تہٕ جامس ژتم دوہ گےٚ

برمند نبن کریہنے متیٚم دوہ ژمنی للہ کھوٚل کرٕی کرٕی توشُن
ژتم گاشری دوہ کوٚت چُھک ژھاران شہرس گامس ژتم دوہ گےٚ

نوٗرہ تلاشس درالیوٚو آدم تلپیا تالچھہ گژھِ مٔشرز رود
سوٚنہ سُند ہریاہ روٚپہ سٔنز زوٗناہ ژٔنژہ بیٚھِ بامس ژتم دوہ گےٚ

أز چھُ خیالس ناوِ پنُن تس چاو بدوٗنہ تہٕ باو موٗلُل
گیلان اوسکھ صُبحس شامس لُتس بدنامس ژتم دوہ گےٚ



# وجدان

دلیوی اٚسم سَپنس منز آمٕژ تے کنہٕ برٕہ تل وونم
چون زنم گوو کاٗلسپھل
اٚچھ مژراو یہ مستی تراو تہ گژھ بیدار ژہ جل!

صُبحاَے گرہ کہٕں حاطس یلہٕ بَر مژرووُم
آنگن رووُم ہونزہ تہ دُنیاہ رادہ ژھوٹُوم
بیہٕ لرٕ تراٚوٕم
زمینس تل میٚنژہٕ موٚر ویپرووُم
دلیوپہٕ برتل آلَو لویُم
دوپنم چانہٕن کرمن ہُند پھل
سیاہ ابدنے گٹیل ازل
پیرَو وۄن یی گووا ابجد
میانہٕ خدایہ! میہ راوی حد!



# دون جُدائی چھے ستم

رتہٕ دأوی دِلس بیوم چھوکن لوٗن ژہ یکھنا
وتہ چانہٕ وُچھان لجٕ میہ أچھن زون ژہ یکھنا
صُبہ شام دتی ونی میہ ژو وا پأری ژہ یکھنا
صُبہ شام کھوی وُٹھی میہ برن تأری ژہ یکھنا
صُبہ شام کرہٕم لالہٕ پھلہٕن مالہ ژہ یکھنا
صُبہ شام بٔرٕم خونٕ دِلکی پیالہٕ ژہ یکھنا
زندگی ہتہٕ ژیہ روس چھم نہ دِوان سات ژہ یکھنا
مندنین چھُ گرژھان شام دوہس رات ژہ یکھنا

یینہ چانہٕ وُجارس میہ ہیم سوٗنت ژہ یکھنا
میہ چھُ ازٕ ہتہٕ گرژھان چانہٕ ینگ بروٗنت ژہ یکھنا



ژیہ وراٰے اوٚرزمان عشق میون طمع میاٰنی
ژیہ وراٰے گرٛٹھان وزنہ بروٚنہی سوٗری شمع میاٰنی
ژیہ وراٰے ڈیان باغ بہارس نہ کہینہٕ شوب
ژیہ وراٰے نظر قاٰد نظارس نہ کہینہٕ شوب
ژیہ وراٰے چھُ کُھنٛو پھاک آرامس تہٕ سوکھس فان
ژیہ وراٰے کرٛٹن سات چھُ زن کرٛایہ تلُن پان
ژیہ وراٰے دزان شاخ تہٕ پوشن چھُ گرٛٹھان سوٗر
ژیہ وراٰے چھُ خاموش یہ بُلبل تہٕ ہُہ کتوٗر

ژیہ وراٰے غمن ہُند چھُ ہُران بور خیالس
ژیہ وراٰے چھ کمزور گرٛٹھان زور خیالس

ینہ چانہٕ وُجارس میہ ییم سونت پچمن ہیتھ
ینہ چانہٕ وتن پوشن پھولن مشکِ ختن ہیتھ
ینہ چانہٕ ییٚم زنتہ شہج لوٚہ میہٕ گلالس
ینہ چانہٕ بنم کارہ تہٕ چھ زون ہلالس
ینہ چانہٕ برہم خاٰلی اَتھن حال زمانگ
ینہ چانہٕ میہٕ لنش واتہٕ موٗلُل مال زمانگ
ینہ چانہٕ یہ غم راوہ نہ رسواٰیین اندر
ینہ چانہٕ یہ دِل ہندرہ نہ تنہاٰیین اندر

یلہٕ یکھ ژہ ییلی موکلہٕ دوٚکھن سیتی میہٕ پرخاش
یتہٕ ووٚنی ژہ! ونٛدے چشمہ ونٛدے لال ونٛدے گاش

مرزا غالب

# غزل

لُولی کانِہ نوٗن دزاو یلِہ یلِہ پھلی گلستان دِلبرو
نتہ چھِ کم جانانہ میثرِہ منز خاک سپدان دِلبرو

خونِ دِل نے ہارہ چشمو سورِہ کھتہ ہجرک یہ شام
یُتھ گژھ منز روزی تن یم ژانگی زوتان دِلبرو

نِندرِ تمیٚ ہنز، خاب تمی سندی شب تسُند تمی سُند دِماغ
یَس نرِن پیٹھ پانہ تروٗوتھ مَس پریشان دِلبرو

دأدی بیہم ین اگر وو تلِتھ چھ پانے دگ مَشان
بتیتھ مُشکل بیم سأری گأم آسان دِلبرو

غالبس وُذی تو یتھے کنہ اوٚش اگر ہاران ژہ گوکھ
بَس دوہَن اندر گژھن یم شہر وأران دلبرو



مرزا غالب

# متفرق شار

دوستی پیٹھ اعتبار آسُن چھُ بربادی کران
وۄش اگر زاٹھہ ترووغأرن یار گۄو ناراض مے



یا الاہی زانِھ اثر کرہ ہن تِمس وِلہٕ زار میأنی
میأنی زلٕو لیودوَے نہ بد لکھ دل بدل تس یارہ سُند



زخم جگرس کُن میہ چھم ساٹری وُچھان
چشم بدِ ییتہ تَس مہربانس لگِم



وفا یوٚدوَے ژہ کرہ ہم توتہِ کیاہ گۄو کیاہ خُوشی سپدہ ہم
ژیہ روس ییتھ دُنیہس منٛز بییہ تہِ چھم وچھمتہ ستم یارو



غالبوٚتس یارہ سٕنزٕ تمہِ بزمہِ ہُند کیاہ ونے
بہ تہٕ گومُت اوُس تہٕ چائِلس قسمتس وُناہ کوٚرم

○

ییتن یارہ نقشِ قدم پیوٚن پیوٚو
تتن باغ پھٕلو تے گُلن ڈیر گے

○

غمن ہندی نغمہ چھی اے دل غنیمت
وجوُدُک ساز آخر سپدِہ خاموش

○

پننہِ گرِہ لنش دُوراوُس تھٕتی بہ ووُتُس اند مزار
شُکر ذاتس کُن غریبی میانہِ یمی بوڈ پردہ کوٚر

○

کفنہ روٚس میّت چھُ ڈولان خستہٕ گمتس غالبنٕ
اوس کیاہ آزاد شخصاہ مغفرت کری لس خداہ

○

میانٕہ حاجت کونہ نیرِن چھُس بہ وومتی تمیُٔ سُندُے
یَس شہسؔ پروردگارن پانہ عرشکی برُمُژری

○

دلبرا ازکونہ چھُے ہنٛنٛن غلامن ہُند خیال
رات تامت اوس دل چون ماے محبت بآگران



کیاہ اُتھی ونان چھا دوستی چھم دوس لبس نصیحت کران
کاہٕہ چارہ سازاہ آسہِ ہے کانہہ غم گساراہ آسہِ ہے



میانہِ باپتھ ییتی غم یوٗدوے تھوِتھ
دِل بہِ گرٛزھی نا تیتی آسٕنہٕ ہتی ہتی



یار بدگمان چھُم پانٕہ لوٗلوان چھُس
کووہ سُہ پرزٕہم حالِ دِل کہتھ بہ وَنس داستان





اقبال

# حُدی _ نغمۂ سارپانِ حجاز

ع تیز ترک گام زن منزلِ ما دُور نیست

میانہِ تاتارُک ہرن چھک زٔی ہتہ ہرنہ ژھالہِ ژٔی
کم ژہ چھک یا زیادہ چھک دولت میہ رٹمکھ نالہِ ژٔی
میانہِ باپتھ موہرہ چھک دینار چھک یمہِ حالہِ ژٔی
مون زن دوہ رات پکی پکی سون منزل وُنہِ چھُ دُور
یوٚد ژہ بیہ ہٕن تیز پکہ ہم منزلس واتو ضرور
سورگہ حُورن ہُند حسن چھُے ازٕھ رژھن ہٕنز شوب چھک
لأ لہِ ہُند غیرت ژہ چھک تےٚ بجہ بالکُ لوب چھک
شوب صحراوچ وٕنا کنہ ماری مٕنز محبوب چھک
یود ژہ بیہ ہٕن تیز پکہ ہم منزلس واتو ضرور

منز ہِن توٗت تاپھ تیزان چھک سرابس کُن وُچھان
زوٗنہ رأژن منز ہِتہ دِلہ کِس پیچ وتابس کُن وُچھان
چانہِ شب بیدار أچھ مازاہِنہ تہِ خابس کُن وُچھان
یود ژہ بیہ ہَن تیز پکہ ہم منزلس والتو ضرور

آسمانس پیٹھ ژہ زن چھک اوبرہ لوٗنگاہ دٗو لِوان
سأری ہی بأرس دِوان چھک نکھ تہ نکھ دی دی پھوان
منز سمندر ناوہ زن خواجہ خضر وہتہ سپے دِوان
یود ژہ بیہ ہَن تیز پکہ ہم منزلس والتو ضرور

اکھ قدم تراوان سازِی سازہی أندی پکو وٗزان
ترلیشہ موکھ ، ہیرہ تال ہو چھمژ تاپہ تلہ تلہ پدی دزان
خنِتہ گوٗمت چون سورِے پان چھٕنِہ اُتھ کاہِنہ سزان
یود ژہ بیہ ہَن تیز پکہ ہم منزلس والتو ضرور

پھوٗل جہازس منز صُبح تے شام گوو یمنس اندر
رات دوہ سوران سفر ک زیر و بم سمنس اندر
چأنی لوٗتی لوٗتی پوٗری زن پھٔلی یوسمن چمنس اندر
یود ژہ بیہ ہَن تیز پکہ ہم منزلس والتو ضرور

بالہ پتہٕ کنہٕ زٕونہٕ دیُت ڈُلگن تہٕ سحرُک لُور پھوٗل
پُوری کنہٕ ژھوٗٹ گاشس ہرین رأژہٕ ہُند گبہٕ کار ژۄل
رأژہٕ ہُند گبہٕ کار ژۄل صحرأوی صُبحک لُور پھوٗل
یۄد ژٕہ ہیہ ہن تیز پکہٕ ہم منزلس وأتو ضرور

میانہٕ سینک سوز چھک تہٕ میانہٕ وۄندُک ساز چھک
یُس کران حرکت تمِس برکت تہٕ امہٕ کےُ رازٕ چھک
قافلس دِیہ مُنزلُک پیغام سوٗے آواز چھک
موٗن زن دوہ رات پکی پکی سون منزل وُنہٕ چھُ دور
یۄد ژٕہ ہیہ ہن تیز پکہٕ ہم مُنزلس وأتو ضرور



# وومید

ووتھ سریہ زِژن کُن تہ لوٗگکھ وننہٕ یہٕ پیغام
دُنیاہ چھُ عجیباتھ گِہے صُبح گِہے شام
اَکھ واٗنس ییتھے کُنہٕ گیوٗ آوارہ فضہس منز
ادہ ساٗنہِ لِگاہ روزِہ نہٕ وقتس تہٕ خبر تام
صحراوٕ تہٕ پریزاٗوی وِہ سنگرن تہٕ دیتوٗ نور
لالن تہٕ گُلن گِتھ کرُتھ کیاہ دِزووِہ ونیس تام
بیہ یوٗری ولوِ نالہٕ زُلٕٹو میانہٕ دِلک نور
تراوِیون ییتیکھ سیکیٖل ہُتییکھ باغ دلارام

ہرطرفہٕ زِژن بنہٕ چھ گرِتھان ہیوٗر چھُ کھسان نوٗر
زھینہ گاٗمتہٕ اکھتابہ ژہ مُشراوتہ آغوش
مغرب چھُ دِوان نالہٕ ہیو گاٹش کیتوٗ روو
دُہی دار مشینن اندر فرہنگی چھُ سیاہ پوش
مشرق چھُ اُچھو پانہٕ وُچھان سور نظارہ
ووذ گوو صفتِ عالمِ لاہوٗت چھُ خاموش
بیہ شیر ژہ اسہٕ جاے اُتھی پرُنوٗر وُچھس منز
اکھتابہ! ژہ چھک سون مہ کراٗسہٕ ژہ فراموش

اَکھ شوخ زژاہ زنتہ اَکس حورہ بنٕز اَچھ ناٹ
بے صبرتہ پرشوق تہ بے تاب زن سیماب
آواز دِژن سارٕنی اَسن میٖہ اجازت
چھُم گوڈہ میہ کرُن مشرقُک ہر ذرّہ جہاں تاب
توٚت تاں سہ ہندُوستان بہ تراون نہ بہرحال
یُس بندرہ متین ہُند چھُ وطن ٹاٹھٕ چھُ یتہٕ خاب
مشرق چھُ اَتی آشہ تہ ارمان ژھُپھتھ اَز
اقبال چھُ اَشہ وانہٕ کران میشہ اَمِچ سٲراب
چشمن چھُ منتھان زُون اَمِچ خاک تہ پریزلان
کنہٕ پھُٹی چھِ امی دلیسہ بنان گوہرِ نایاب
اَمہٕ دلیسہ کم اِنسان تہٕ کم اہلِ نظر ڈُھو
ژھرہ نظرہٕ ونان اَسی سمندر تہٕ چھُ پایاب
افسوس مگر سازِ ہندوستان چھُ خاموش
اَتھ زیروبمس وارے چھُ اَز رووُمت مِضراب
یتھ مندرس منز پنڈتن بھگوان دیتمُت شاند
ہتھ مُشدہ اندر محوٚ مُسلمان چھُ درخواب
بیزار مہ گژھ مشرقس تےٚ مغربٕچ دِے تراو
پھِے فطرتُک پیغام یِی! اَگہ ٹُور ژہ پھِلراو

اقبال

# خطاب بہ جاوید

## نوجوانن ھندِ باپتھ اکھ سخن

یِم سُخن باوُنۍ چھِ بے حاصل مَتیو ۔۔۔ باوِہ کِتھ کُنۍ؟ چھُم یہ کینٛہہ درِدِل مَتیو
یُوس میہٕ سأری نکتہٕ وُنۍ ٹاکارٕ پأٹھۍ ۔۔۔ تو تہٕ چھُم نُکتاہ سُہ وَنہٕ ہا وارِہ پأٹھۍ
یُوس وَنے ڈٔر چھُم سُہ وَنٛہ ناوِتھ ہیکا ۔۔۔ اَچھرِ پأراوے سُہ پأراوِتھ ہیکا؟
تُل میہ کُن نظراہ تہٕ اَمہِ سۭتۍ بوز سوز ۔۔۔ نٔتہٕ سحر وقتن ژہٕ آلو میون بوز

ماجہ پرہ نووُکھ ژہٕ گوڈنی بسم اللہ
چانہٕ پوشِک پئے تُند بادِ صبا

رنگ اَکھ رولیس بۆزِ سورُے تِمی ۔۔۔ سانہٕ مولہ وَنہٕ مالہِ! مول کھورُے تِمی
وُمرِ پوشی بخشِنٛے تِرٛتھ دولتھاہ ۔۔۔ یاد چھُیہٕ ہیچھنووِنکھ یلہٕ لا اِلٰہ

شوق نظرن ہُند گریزان کِتھہٕ کُنۍ، وَنے
لا اِلٰہ سٔری سۭری دزان کِتھہٕ کُنۍ، وَنے

لا اِلٰہ پرہ کھاتہٕ پرٛ زُوجان ہیتھ ۔۔۔ یُتھ وُٹھن مُشکاہ پھولی ایمان ہیتھ
زُونہٕ اکھتابس چھُ دیاوان گتھ یلہٕ ہوے ۔۔۔ سأری ہی سوزٕچ کران باوَتھ یلہٕ ہوے

ینہٕ دیکھ یہ چھُ لا اِلٰہ گُفتار بس
لا اِلٰہ گوو بیین دِتھ تلوار بس

[ناتمام از "جاوید نامہ"]



اقبالہٕ سنز "افکارِ انجم"

# تارکھ چھ سونچان

دپان اَکھ تارکن وٕنی تارہ کُس کُن
یہ اسمان بوڈ سمندر ییتھ نہ ساحل
سفر اَسہِ قدرتن ازلے لیکھِت تھوو
اما ییتھ قافلس چھُنہ کانہہ تہٕ منزل

ییتھے پاٹھٕن اگر قائیم چھ روزُن
یہ گاشِچ پرانہ واراہ ہیتھ مُدا کیاہ
زمانٕن گردشس منز کرٕی گرفتار
ییتھس بے جاں وجودس حاصلا کیاہ؟

سُہ کُس یُس بار ییتھ وہتراوِہ وٲنسن
نہ ییتہِ شوباہ دوہس نہ چھ رات بہتر
چھ آکاشک تھزر بے معنہِ مطلب
سَنبرِتے چھُس چھ سوے بُتراتھ بہتر

سُہ النساناہ دِلس یُس بے قراری
زمانکہِ کاروانک شاہ سوارا
قدس شوبان پوشاکھاہ چھُس حیاتُک
تہ نوٚو زامُت چھُ نُورُک دوستارا

# وقتُک آلوَ

اقبالنۂ "نوائے وقت"
آزاد ترجمہ

ع۔ خورشید بہ دامانم! انجمُ بہ گریبانم

اَکھتا بہ ہیٚہ ہلمس کیہتھ تارکھ میہ جرٕتھ نالس
کری ہیبھٕ میہ کنڈی زالس میٚی رنگ بخُش لالس
آکاش پدٕبن تل چھُم پےٚ میون چھُ پاتالس
پتہٕ وُچھ ژہ میہ کُن پھری پھری وٕنہٕ پان کڈُن حالس
وق چھُس بہ تہٕ وقتس پیٹھٕ وقتُک میٚہ فسانا وَوٕن

موچھہ گنڈ میہ برُنزس مژرو وچنگیز بنیاۓ ٹالک
فرہنگی یہژھم ساتس اَدہ شیر تہٕ مدہ واٚلکھ
کم حوصلہ ٹڈی رہرٕ ویوٚت آے تہٕ یتہٕ ڈاٚلکھ
ہُتہٕ خون شہیدَو دیُت یتہٕ میاٚنی شمع زاٚلکھ
وق چھُس بہ تہٕ وقتس پیٹھٕ وقتُک میٚہ فسانا وَوٕن

سو کھ ساوِی بہ چھُس پارُد وولہٕ ازٕ تہٕ قراراہ وچھ
وولہٕ اَزی کہٕ اکی داےُ پھ‌گھنٛگ ژہ خماراہ وچھ
میٚی منز چھُ لبُھ عالم ژٕزی میون جھاراہ وچھ
ہمہٕ سونتہٕ ژیہ اُچھ لوٗسے یمہٕ ہردہ نظاراہ وچھ
وق چھُس بہ تہٕ وقتس پیٹھ وقتُک میہ فساناہ ووٚن

حُسنس تہٕ ژہ برنزراوان لوٗس تہٕ ژہ وُزہ ناوان
ژیہ نہ میأنی ژھرِ گانگل میہ نہ چون عشق نراوان
ہُتہٕ ترٛیشہٕ پیومُت قلزم یتہٕ جام ژہ پلہٕ ناوان
سمسار وہنٛدن دردل! دل کونہ ژہ مُشراوان
وق چھُس بہ تہٕ وقتس پیٹھ وقتُک میہ فساناہ ووٚن

تقدیر میہ اوٚن ورگس تدبیر ژیہ ورتوٗوکھ
میہ چھُ شانت دلُک ساگر بُلٕ شھرہ ژیہٕ وُزہ نوٗوکھ
دردل میہٕ ہوٗس ژژھرم ژیٚی سیٖر بیٚن بوٗوکھ
میہٕ تہٕ لأکہٕ ژچھی ہاوٗس ژیہ تہٕ نجدہ وناہ چھوٗوکھ
وق چھُس بہ تہٕ وقتس پیٹھ وقتُک میہ فساناہ ووٚن



# زندگی

اقبال

دِپان اکہِ رأژ وۄن ابرِ بہارن
حیاتی چھے فقط وُدناہ تہٕ ریُوناہ
اۄبُر پرأٹھ نٔبر بیہِتھ ڈرایہِ وُزِمل
دوۄپُن زندگی چھ بَس اُسناہ تہٕ لَسناہ
خبر کمؠ کٔر کَنن باغس یُہَے شیٚچھ
گُلس تَے شبنمس وۄتھمُت چھُ فِتناہ



اقبال

# بوئے گُل

دپان اکھ حُور جنتس منز رِوان اُس
میٚنہِ لوپےٚ دُنیہک۔ بارو دِوان اُس

دپان تتہِ صُبح آسان شام آسان
زٕہنچ مرٕہنچ حقیقت عام آسان

بٔنتھ گیہ مشک وُڑتھ گلزارس اندر
امی رٕہتہِ وأژ یتھ سمسارس اندر

بُرنزاہ اکھ چشمہِ مُژرٕن گیہ سبٹھاہ شاد
بٔنتھ گلہِ لوٗڑ گیہ در باغ آباد

یُتو گلہِ لوٗر پژہ ینوو بر زمین ییوو
پھلتھ زن آو خوشہ وُن گُل تہٕ وۄشلیوو

دپان یلہِ چھیکرس آزاد گیہ سوے
وۄشاہ ترووٗن تہ تٔھتی ییوو ناو خوشبوے



رابندرناتھ ٹیگور

# وجود تہ عشق

مےٚ باسیوٚو اتی یام نظرن وُہتم کھُٹرِ
یہِ سوٗرُے چھُ چونے عشق میانٛز لوٗٹرِ
عشق چون یُمٕ یتھ وجودس حُسن بوٚر
غمگ موختہ یمہ زندگیہ دامنس بوٚر

یہ سوٗنہ ہاٛرِ پراگاش یُس راٛژ ھتہٕ پیوٚو
گُلن پیٹھ لبخن پیٹھ گُلبن پیٹھ نزٛان گوٚو
ہُتین اوبرہ لنگھو چھُ آگاش وۄلمُت
ہواون یتین نافہٕ بُتراٛژ موٚلمُت
سحر پھولنہٕ لوٚگ وۄنیٖ چھ لوٗرُس تیاری
گرژھن بالہٕ پیٹھٕ وُنی رۄپکۍ ناگ جاری
مےٚ باسیوٚو اَتی یام نَظرن وُہتم کھُٹرِ
یہ سوٗرُے چھُ چونے عشق میانٛز لولرِ

چھ ارمان وِجدس پِلوان ساز وایان
غزل میأنی پھرِ پھرِ ژیہ چھی ناد لایان
ژہ چھک دُورِ ٹلی ٹارِہ نظراہِ میٚہ تراوان
بہ چھُس دل سنبالان مگر توتہِ راوان

گنان چھم دِلَس چانہِ لوِ لچ مُدرِ گَل
تہ دِل میون پیومُت چھُہ چانین پدین تَل



قاضی نذرالاسلام

# اڑہ پھلۍ ارمان

اُچھن منز اوٚش تہٕ ہلمس کیہتہ ژہ آہز پوشہٕ ڈالیاہ ہیہتہ
بہ سونچان چھُس تہٕ راوان چھُس دوٚیُومنزٕہ کُس ہیمن مُلیے

یمن پوشن بوکرہ ہا مالہ دِمہ ہکھ جاے جِگرس منز
مگریُس موختہ ٹارِن تل ژیہ چھُی اوٚنمُت سُہ ماراوی ؟
دَیکھ پوشن بوٚزُن لولاہ مگر دُردانہ ٹھکراون
وٕں یُدوَے چون اوٚش تھوہ سینہٕ کِس آیٖنہ خانس منز
ژیہ چھےٚ لوٚزُک تہٕ اُویل دل خبر اَتھ ماگژھی برہم
دَیکھ فلواے گووآبس مگر یم گُل تھوٚن پُرژہ نِتھ

یہ حالت چانٕی وُچھنک چھُم نہ طاقت میانٕی نازلئے
بہٕ راوان چھُس تہٕ سونچان چھُس دوٚیُومنزٕہ کُس ہیمن ملئے

اگر زانٕہہ آنگنس منز مالہ چھک آسان کران پوشن
میہ باسان زن تہ میانی وارہ لۍ پھلیاہ گلابن ہنز
اگر زانٕہہ سورمہ چشمو خون ہاران چھک فراقس منز
میہ باسان زن تہ میونے موختہ ہاراہ کالنہٕ لۍ موہنجہ کور
سبھٹاہ مجبور چھس کرہ کیاہ مگر میون اضطراباہ وچھ

لِوان چھس ژھالہ بو مُبرنالہ متہ رٹہٕ ہتھ یمبرزلۍ
بہ راوان چھس تہ سوچان چھس دوٚیو منزہ کُس ہیمن ملۍ

چھ گُل ڈلیشتھ گرژھان دلوانہ بُلبل خونِ دِل ہاران
گُلس باوان چھ دردِ دل مگر گل چھس کران لٹنے
گُلس زانٕہہ توگ نہ ژینٕن بُلبلس کَم اٰلی گۍ جگرس
تمس آسان چھ مستی پننہٕ خُسنچ بوشش ووزہ جارک
پتو لاگن چھ بُلبل داغ سیٖہلاوان وَنَن اندر
سیتھے کٔنز بوٚر میہ چاٲلنس لولہٕ باغس خونِ جگرک رنگ

ژیٚہ دیتمے سگ مگر رُودم پننہٕ گلہٕ لوٗری اڈہ پھلیے
بہ راوان چھس تہ سوچان چھس دوٚیو منزہ کُس ہیمن ملۍ
اٚچھن منز اوٚش تہ ہلمس کیتھ ژہ آمژ پوشہٕ ڈالیاہ ہیتھ
بہ راوان چھس تہ سوچان چھس دوٚیو منزہ کُس ہیمن ملۍ



حافظ شیرازی سندِ ن
شارن پیٹھ تضمین

# دل مے رود زِ دستم....

ہاوس چھ انتظارس شوقس نہ کانٛہہ قراراہ
بے تاب دل تہ دردِل شولان چھُ لولہ ناراہ
اکِہ طرفہٕ گُل تہ بُلبل بیہِ پاپہٕ اِنتظاراہ
کیاہ تس ورٲے گُذریا بیہِ از یہِ لوٗ بہاراہ

دل مے رود زِ دستم صاحبدلاں خدارا
دردا کہ رازِ پنہاں خواہد شد آشکارا

سونتن حجاب حُسنس عشقس تہ یاونس ٹُل
مس یانہ ہیتھ یمبرزل پیمانہ ہیتھ چھُ سُنبل
گُل رخ چھ باغ چھاوان لہران چھ مشکِ کوگُل
یم رنگ وُچھت چھُ گومت پھلواٲے باغہ رینزل

در حلقہ گُل وُمُل خوش خواند دوش بُلبل
ھاتِ الصَّبوحُ ھُبُّوا یا اَیُّھا السَّکارا

آشن چھ گاش ہاوان حُسنچ اِکی کرامت
مندنین سپُد نصف شب مُشرِ تھ زیہ زلف یامت
وُچھمے سُہ سروِ قامت شرمندہ گیہ قیامت
گرزھ پُوشنے یہ یاوُن یوِت تاں چھُ دم توتامت

اے صاحبِ کرامت شُکرانۂ سلامت
روزے تفقدی کُن درویشِ بے نوا را

یمہِ سارِہ کائناتُک حاصل چھ چانی ہستی
گیہ چانہِ لولہِ ستی آباد میٲنی بستی
شرچھُم زہ ووِنی کرکھنا زاہہ اورہ بیش دستی
بنہ ہکھ زہ میون ساقی رٔٹھ ہا بہ مۓ پرستی

ہنگام تنگ دستی درعیش کوش ومستی
کایں کمیائے ہستی قاروں کند گدارا

گوڈہ چھوکھ دِتم زمانن پتہ لوُن نیتھ چھکان رُود
وولہِ چاو پیالہِ ساقی وُزہ ناو لحنِ داوود
یلہِ دوکھ تہِ رودی للہ وُنی یلہِ غم تہِ گوو نہ نابود
کُل شاعرن تہِ پیالاہ مُشرِن خسارہ تے سُود

حافظ بہ خود نہ پوشید ایں خرقۂ مۓ آلود
اے شیخِ پاک دامن معذور دار مارا

لوئی آراگان

# رچرڈ دوم ــــ 40

لوئی آراگان ہنزیہ نظم چھ دوہمس جنگ عظیمس منز ملک فرانسس ستی فرانسہٕ کہِن غدارن ہنزہ غداری تہ تتہٕ کہِن وطن دارن ہنزہ نظر بندی ہندہ حالک اکھ بہترین بیان۔

شاعرن لیچھ یہ نظم ستمبر ۱۹۴۰ء ہس منز یلہٕ دوئیم عالمی جنگ شورہ تہ نار اوس چھکان تہ شاعرہ سندِس وطنس پیٹھ تہ اوس ہٹلر سندِ لو نازی حملہٕ آور و قبضہ کوٗرمُت۔

لوئی آراگانن وُچھ پننِ ملک پانہ پننیو چشمو تباہ تہ برباد گژھان تہ ووپرن ہُند غلام بنان۔

ـــــ خیالؔ

ییرہ وسہ وزٕ ناو بایو ! ملک میون
یتھ پننہِ ہأنزِ چھ منٛز اوِتھ گمُت
از یتو لاکن بہ چھُس تیُتھ تاجدار
یُھترہٕ ییومُت بدنصیباہ دوکھہ زداہ
توتہٕ یُس پننین غمن ہُند بادشاہ

زندہ روزُن اکھ ژہلم اکھ ژھومب چھ ووزٕ
واو کووہ دِیہ دام ییتھ سأنس أشس
لوٗٹھِ یی چھُم تتھی پزٕم نفرت کرٕزٕ
ووزٕ تمے لبٕتن یہ کینژھاہ اَتھہٕ میہٕ گوو
توتہٕ چھُس پننین غمن ہُند بادشاہ

ترآوی تن پھۆر میون ووٕنؠ دُب کرُن
خون رگنؠ منز ِشٹھ گرٛھی تن میٚہ کیاہ
دوٕن تہٕ دوٕن متہ ژور وُٕنؠ تن میأنؠ لوکھ
لوتہِ چھُس پننین غمن ہُند بادشاہ

ہسرپہ مرٕی تن یاسہ بُٕتن لوو زنم
ووٕنؠ نبس ہِتم رنگ چھ ساری رآوی ہتہ
میانہٕ یاون راپہ پیٚر ! الوداع
سوٕدرہ گھاٹھوٗ پوٗش مرگوٗ الوداع
ووٕنؠ بہ چھُس پننین دوٕکھن ہُند بادشاہ

کُلی گنبر پھموار ووٕنؠ منسآوی لوٚتہ
ہُتھ تہٕ زُرکبل جانہ وارو دَم کرُو
ہونژھ لداز تہُند سورُے بول بوش
واولبن ھشزِ حاکمی ہُند دور آو

دوٕکھ تہٕ غم تُلنُک تہٕ آسان کاہتہ سَمے
وٲے توٚبے واپہ اَکھ فرانسس لبتر
بہ ہَسا چھُس پننین غمن ہُند بادشاہ



احمد ندیم قاسمی

# اِنسان چھُ دیان

سُہ پھولہٕ وُن اُسُن میانہٕ موصُوم رِنچہ ہُند
کران شبنمس میٹھۍ زن آفتابچ گوڈِچ زٕژ
سو پاکیزگی تےٚ حیا شوُژ میانٕہن بینٕہن ہُند
صفا شین بالَن پیومُت زن عکس تارہ کن ہُند
مُژ ھچ میأنۍ آشنۍ بُھتِس پیٹھ یمِس حُسنِ تخلیق شولان
چھ یوٗ سہ ماجہ تا نیکُ بجر ہیتھ
زرأتی زمیناہ تہٕ اُتھی کنکہٕ ہیٚلی شولہٕ ماران
سُہ میانٕہن جگر گوشن بایَن
اَکھن ہُند سُہ وُشنیر لُس میانہٕ باپتھ رچھان تِم
سری نیرِ لوٗن زن وِندس منز
میٚہ بُچہِ ماجہ ہُند رُت خلوصاہ تہٕ لولاہ
چھُ زن لوبہٕ ونۍ زُون چھوٚت لُور تراوان

تہ زن ہرد کالس ژھٹان باغ خوشبوے

قبر مأل ہنز ماأل محبت ڈلِتھ زن

سیاہ اوٚبرہ لنگبو أندری گاشں پریزلیوو

تہ أپہٕ ونی سخن مجلساہ دوستن ہنز

پٔلن پان کھٲسان دریاوتے برونٹھ نیران تہٕ دوران

یہ فن میون النسانیت میأنی تہذیب تے زندگانی

یمن سارنی پانہٕ چھس رأچھ دربو

ہٕرد یٕتھنہٕ أچھ تٕلہِ یمن کٔن

یمن پوشں نیرن تہ گلزار شوٗلن

چھُ النسانہ سٕند دل حرم از حیاتک

چھ أز دُنیہکو سأری النسان یکسان تہٕ یک جان

تہ النسانیت از چھ لایان آلوٗ:

یہ النسانیت گژھہ نہ برباد ھرگز

جنگس دِیہ نہ النسان بیہ ناد ھرگز



ساحرؔ لدھیانوی

# جنگ

یک دَم وۆتھ شور تہٕ دان کھٔہو منزٕ آو صداہ بندوقن ہُند
ہُمہٕ پاسکی زہرہ ژٕرتی واوَن ہیوٚت شورہ تہٕ نارتہٕ خون چھکُن
لتمیُک ہریے ژھیورووُکھ تخریُبک سیاہ اوبُر پھہلیوو
پرہتھ گامَس لاے وُجاری تھپ پرہتھ شہرَس زن لُرہ پارکوٚرُکھ
بُتراَتھٕ ہندِس آزادَ وُچھس ٹھوٚو خیمہ طنابو گنڈ پھِری پھِری
فوجن ہُند وحشی بینڈ گرِیزیوو ینِدرن ہُندٕ گیٖن گیٖن دوٚبرووکھ
جیبین ہُند گردِ غباراہ وۆتھ لبھہٕ ناوِتھ پوشِہ چمن کھوٗووُکھ

انسان سرٕ گیوو ایمان سرٕ گیوو جیزن کھوٚت باو تہٕ جنس درٕ گیوو
گامن ہُند شامہ سمُن موکلیوو برہ بار تہٕ ژٕرتی ہندی دفتر
بستی ہندی ساٲری شوخ جوان ژھارِتھ ڈیوٹی پیٹھ بنِیکھ دَوان
یِم گےٚ تہٕ یِمن ستی اتہٕ گوٚو غیرت تہٕ جوانی بہدوری
ماجن ہندی بالغ لوہ تھٔرتہٕ گےٚ بینہٕ جگرن رچھہ وُنی باے تہٕ گےٚ

بُستی گیہِ گیرُودأسی منز مالین ہُندسونت ہُرِکھ زن پیوو
امپہ باغن منز گُلی شاخن بیہِتھ سوریوو گگوُسن ہُندیادُن
بازار بُھتھِن لرِٹھ ڈیر ٹلِتھ دان کوٹھن منز بوچھ ہُند مسکن
وانن ہندی وان سپدی خالی تہہ خانن منز سورُے تھووُکھ
بدحال گرن ہنز بدحالی جنجالک موکل وُزہ نووُکھ
درو جبرکی گٹہ کارن نال وُلِتھ ٹُل دراگ تہ بستی پیوو باتھ
وَکھ رأو پہلی کورِن نیرِچ مدہ مأژن اُنہرشن گووُ دم
گرہ بار قبیلہ تہ کرون پنُن ترأوِکھ ژِجہ نامعلوم وتَن
بدحال تہ مُفلِس کمی لِبن ہندی دان کھل تامت نیلام سپدی
زندگی ہُند شوق ژِچھتھ دردل زندگانی ہندی سامانہٕ کِنکھ
نفرژن ہنز بوچھ ژلرنہ باپتھ ادہ جِسمن ہُند بایار سپُد
خَلوکھ پأٹھِن ییتھ اوس منغ نِنہ وانہ تمیک اظہار سپُد



# ھندپاک جنگ 1965ء

جوانن جوانی ہران جنگ چھُ تیزان
پھتر پیٹھ چھ ژھرتہ ژھرٹ کران جنگ چھُ تیزان
شُرِن یاد پاوان ۔ مران ۔ جنگ چھُ تیزان

محاذِ چ خبر ہو محاذِ چ خبر ہو

اَکِس ماجہ شیہلیاے دوشوے گبر اَز
اَکِس زاشرُس مالِ سُند رُود شر اَز
اَکِس گاشہ رُستِس بُڈس پھُٹ کمبر اَز

محاذِ چ خبر ہو محاذِ چ خبر ہو

ہو سُتہ راژ مہرین اچھو خُون ہاران
یہان دارہ پیٹھ تے جہازس چھ گاران
ہُہ ماآسہ اَکھی منزِ تہ میی آب ژھاران

محاذِ چ خبر ہو محاذِ چ خبر ہو

ودان لہرہ بینہٕ ٹاٗکھٕڑ ہا باٗے لالو!
کرِلوکھ میہ تمہٕ ساٖتہٕ نبیسؑ حوالو
میہ نا زانٛہہ تہٕ زانیوو ژٕریہ نیٚری نہ نیالو

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

وُنی واٗژ شینٛچھ رام لالس، ژٕہتہٕ گوو
کُنیُ لال تمۍ سُند ہٕلس گوٗڈ کھیہتہٕ پییوو
دپان مرنہٕ بروٗنہہ ترلیشہٕ بایتہٕ سُہ کرِلیشیوو

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

یُمتے اکھ اکِس ٹاس لاٗیکھ پَھتر بیٚیی
منگان اکھ اکِس اٗسہ معافی نگر پیٚیی
پَھتر ماجہ بُتراٗژ دوٗشوَے گبَر پیٚیی

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

دپان جنگ تیزِلوو چھ بمبار لاران
چھُ ترہران زمین آسمان تام کھاران
چھُ ازلوے باٗلِس کران کھش تہٕ ماران

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

دَپان بے شمارٕن چھ پاوان بَنس پیٹھ
قرانکہ ورق زن چھ راوان بَنس پیٹھ
تہٕ گیتایہ لرِٛژھ منز چھ تراوان بَنس پیٹھ

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

دِیان داں گُچھَن کُن چھِ گٔلو توپ خانَن
گٔرزھان سم سۆتٕرٕ مندٔرن آستانَن
چھِ مدرس دزان ذِہ ووکھان وآنٔی وانَن

محاذٕچ خبر ہو محاذٕچ خبر ہو

دِیان پان کھۆٹمُت چھُ تتہٕ آفتابَن
یہِ پیپہِ ہاے ٹیگورہٕ ہنزٕن کِتابَن
یہِ گوو لوٗٹھ اقبالہٕ نٕہن لولہٕ خابَن

محاذُک وَنے کیاہ محاذُک وَنے کیاہ؟



# بہاریہ قطعات

پہ سحرک سات زن چھُس لُور پشیان
یہ خوشہٕ وُن واو مُشکنٕ دار وندہٕ ہس
لیوہٕے سونت اوس راولیو میون لوکچار
سہٕ ہے پوٚت پھیرہٕ ہے یہ بہار وندہٕ ہس



لبنن ہندی لأوی بامَن چھانہٕ باپتھ
بہارک پوشہ دامَن چھانہٕ باپتھ
دِژِتھ میأنس فنس برجستگی ژینی
لوٚگُس بئے لوکہٕ پامَن چھانہٕ باپتھ



بہارَن شیٚنچھ ژیٚنہٕ سُوزِی لُوٚری یکھنا
گُلاٮَن ہندی شمع گئے سُوری یکھنا
وٕن پھولہٕ ہَن پوش بنہٕ ہَن مُشک ژھیٹہٕ ہَن
ژہتھ گئے پوٚنہٕ سونتکی لُوٚڑی یکھنا



نشاطس ڈِیڈی وُڑھ ترأوکھ بہار آو
وُجارَن سونتِ شیچھ بأوکھ بہار آو
خیالس اوس وزہ ناوُن دِلگ دود
خیالس بیہ نندِر پأوکھ بہار آو

○

صُبح دم دیُت جَلن ژلہِ وُن صداہ اکھ
ڈُلوِ نا کاہِہ یہ شیچھ صحرأوی لالس
یہ سونتُک لوبہ ون دَم سورِہ تہتھ گئز
دوپہرک تاپھ زَن پیہِ شِینہ بالَس

○

# غزل

پانہٕ پہٕ کیُتھ کاروان کاہنہ نہ لِکان ستیٖ ستی کاہنہ نہ بنان یار ہو
وأرٕ ازٕ ژھین رات وأژ منزلہ سہٹاہ دُور چھےٚ ہوش خبردار ہو

پریزلہ وُنے سحرہ بوز خون شبن زول مے لُور ژیہ کوٚر مےٚ عطا
ازٕ وںٕ اگر میون شام گاشہ لیاہ چھےٚ منگان تی ژیہ گژھان بار ہو

چانہٕ روٗیک زونہ گاش جلوہ یمیک دور دور اُتھتیٖ نہ کران میٖٹھی کاہنہ
میانہٕ دِلک آفتاب یمیٖ یہ شہر گاشہ روو تُھتیٖ نہ خریدار ہو

بلیٖ یہ مژر عام گوو چانٕ ہتہٕ دگ دار آے میانٕ ہتہٕ ہمسایہ درا ے
کیا سایہ کیُتھ تجباہ میون مُداہ چانٕ کتھ میٖ نہ کتھن وار ہو

اَز ہتہٕ فضاہ داغ داغ از ہتہٕ گُلن کارخم میانٕ سخن آمہ نیاٚے
دل چھُ کران زخمہ زول چشمہ دزان ہاوٕ ستیٖ لُکھ چھ دیان نار ہو

بیہٕ چھُ سمندر گریزان لہرٕ دوان ہورہ یورنالہٕ زٕلکھ لولہٕ سان
پیٚتہٕ چھُ بنان تیز واو ناوٕ دوان زیر زیر ناوہٕ لگان تار ہو



# تخلیق

اَتھ وِرہ وارس منز کوت ژایکھ
اتہِ سرف تہٕ گُنسہ تہٕ اجدر چھی
ڈافاہ ترٲوِتھ لنجہٕ لنجہٕ ہُند شیہجاراہ چھاٲوِتھ
یلہِ سرفن وَنہِ گٕڈ وٲج تہٕ آدم زن ترٕہرِیوو
یہ چھُ مٲج حوٚامس مُژرٲوِتھ پھوٚر کُملاٲوِتھ وَچھ ووگناوِتھ
وِرہ وارس منز انہرشہٕ اَکس
اَکی سرفن یلہِ ووٚل نال تہٕ کوٚرنس بوسہٕ وُٹھن
دِہہ ژھینہ گیہ گامس لُکھ تژہرِیی
آدم چھُ دپان کُن اوسُس شوٗبان سمسارس
ٹلہٕ شوقن گٕڈنم کل ٹلہٕ ہاوَس نِندرہ تُلم
ییُتھ وِرہ وارس اندر چھُ سُرف پھُنکار چھکان
ییُتھ وِرہ وارس منز کوٚت ژایکھ؟
یِنہ سرفس اَتھہ وَچھ بُچھہ ناوکھ
وولہِ ووذٕی میٚی ژنش ژی چھک سو حوٚا
ہے چھُس آدم
وولہ ناگہ بُلس پیٹھ از شامَن
ووذٕی دوٚن بدنن ہندِہ وَصلہِ کرِو اَسی لوٗ تخلیق

# وأناکھ وَتھ

میأنی یہ وأناکھ وَتھ پدی چھ گرٛھان رُوزی رُوزی
اوبرہ لنگین بالہ ہیٚنٛڈ شکلہ چھ بدلان أتی
خشمہ ہٕتس راوٕنس ہینگ چھ کھسان ہیرہ ہیٚنٛڈ
رام چھُ وَن پھرہ منز سجدہ خدایس دِوان
سِہہ چھُ کُنی جٕنٛجھی ژھنان ہرنہ پھوان مُردہ ہیو
أر چھُ اُجدر کرتھ جانہ وٕرُو ألی رٕٹی
ریش سفید آدماہ نوٗن چھُ وُچھان کوہِ طور
مِصرہ کین بے پرٛژھ لُکن خارتہ برکت منگان
فوج چھُ فرعونہ سُند دُورہ گُرن پیٹھ سوار
میأنی یہ وأناکھ وَتھ پدی چھ گرٛھان رُوزی رُوزی

میأنی یہ وأناکھ وَتھ پھیور سیاہ گوٗٹ ژۄپأری
ڈوکھ پینک ٹاس ٹاس رُودہ ترٛٹن ہُند صداہ
یارہ چھ شی کران وٕسی چھ پھوان دیوٗدار
دُورہ چھُ ہُمہِ مرگہ ہیٚنٛڈ نارہ سمندر وَسان
دُورہ چھُ کُس تاں پوہول کریکہ دِواں پھیری پھیری
دورہ چھ کوہ تام لرٛیرہ وَسان آرہ منزی
رام تہ سیتائے میچ نارہ چھ لنکا دزان
تارہ چھُ موسیٰ تران ژھٹ چھ کڈان رودہ نیل

# نارتہٕ شبنم

کوٚوہ تھوٚوتھ یہٕ شبنم تیوٚ لگلن پیٹھ
یہٕ چھُ نار تہٕ نارس نِرِہ دِتھ کیاہ
متہٕ لاگ تہٕ تتھ بے لاگ خدایی ستی سنزرٕ
یتھ چانہٕ وجودُک نقش گرِتھ زن بارلوٚتیوٚو
یم پوشو اَتھہٕ چھی رأچھ کرُکھ ینہٕ لرِٹھ لوٚڈُنے
بیہٕ سونتس کھتیہٕ بیی نکی نکی بامَن رأچھ کرُکھ
اَتھہٕ سأر کرَن والین ہندی قافلہ رأوی بےٚ طول سرابَن منٛز
بیہٕ سربازر اڈہ مور زمانہٕ چھُ پراران تُس
یتھ بستی منٛز کانٛہہ تقدیسُک پیکر یئہٕ ہا
کانٛہہ شوٗزٕ دلاہ کانٛہہ نیہٕ نپہٕ کرہ وُن اَنہٕ پوٚٹاہ کانٛہہ اکھتاباہ
یُس چأنس ہلمس بَرِہ ہے بیہٕ سرتازہ گلابن ہُند خوشبوے
دلہٕ چون جنون تہٕ ونہٕ کڈِہ ہا کیاہ گوٚو شبنم تے نار چھُ کیاہ
کوٚوہ تھوٚوتھ یہٕ شبنم تیوٚ لگلن پیٹھ!

— 2 —

از تامت واراہ پھرِہ اَسہِ بُوز حیاٗتکو طرز تہ رنگ بدلن

ژِیہ بہٕ اُکھو وہمس پیٹھ ہیٚے ناداہٕ یقین کوٚرتھ

اَکھ زُورِہ مہ کھُو روٚے دارِہ کنُنھ

ژلہ وُن وق چھُہٕ آویزہ وٕ‌ں چاہٕن نیٚشرٕن ہُنٛد

بُلی واوہ رِنگاہ اوزردہ گرٛھی بلی ژونگ ژھیوی

پتہٕ پام دنٕے لکھ دٕپٕے گاشُک دُشمن چھُک

از تامت کم کم اہلِ نظر دِل گامُلتھ گےٚ اُچھ ژاُلتھ گےٚ

کووہ تھووُتھ یہ شبنم تیو لگن پیٹھ!



# 21 جولائی 1969

——— یلہِ اِنسان زُوتہٕ پیپھڑ کھوّت

مَسا چھک نُنہ بکی میانین زخمن

میٚہ چھُ خلقن ژھایہٕ بیہتھ ووٗنی خاموشی ہُندسُے شُنیاہ روٚٹمُت

یتہٕ پانٔے دود ژلان یتہٕ پانٔے دگ چھ مَشان



از اکوُہ[21] جُلےٚ چھُ ——— کمُۍ تامت تأریخ پرژھم

امریکہ کہن بازارن منزٕ ہے کأتیاہ پیئ بے ہوش گرٛژھتھ

کُلِ عالم روو خیالَن منزٕ

میٚہ چھُ دِل بے وایہٕ کران دُب دُب

أزی مارٹن لوتھر کنگ سُند بوے ——— دپان موٗرکھ



مَسالائے تیوٗ لگل میانین زخمن

میٖہ چھُ دود لِوان وۄتلِتھ پھِرِ پھِرِ

میٖہ چھ دَگ تیزان

اَتھ زُوٕنہٕ کُنتھ اَچھ تُلنہٕ میٖہ چھُم واراگ دوٗ کتھان



وۄلِہ میانہٕ کُٹھیک اکھ شام ژٕ وُچھ

وۄلہ یِتھ گژھ کارس منز ٹھہراو ژٕ کرساتھاہ

وُنی بوز خبر — پرہِتھ پاسہٕ چھُ گاشِ گاش ہِمتن ہیرہٕ لبون لِشیان

یہ چھ زُون تہٕ اتھ کُن چشمہ ژٕہ ژُل!

دِلو دود بَلی! دِلو ہول ژَلی!



# غزل

یُوہ یِتہٕ کاٗلی سۆ دلبر سمکھُم دۆہیم ووٚلہِ میخانس تام
چھیٚتہٕ برووٚہنہ پرُژھنم تتہٕ کتہِ اوسکھ ادہ لنسارودُم پانس تام

دۆہیم لنجہِ ہندِ بُلبلہ وَن کینہہ دوپمس ونہ ہے نیرہم کیاہ
پرٚآسن ارمانن پھٹےٚ ہتی شوق وُپھن اسمانس تام

میانی تاہٕ گچھ وَتہٕ وُژھ شِتہٕ ژھٹ تتہِ مُرژھ ووٚنبدلس چھاو
چانہِ بہارچ لوٚزک خوشبوے واٗتہ زاہنہ واٗرانس تام

نتہ کر ویُور تُلم گلہِ لوٚڑن نتہٕ کر چھاو میہ ژٕنز پھُلے
یُلی وُزہ لوٚوُتھ شوہرہ شبابک مزراونُتھ دیوانس تام

ادہ مَتہ پرٚژھتہٕ شمع کیتہ پریزلیاٗے فولُنوسوکُس رقصاہ کوٚر
بزمہِ اندر یلہِ واٗتھ حکایت چاٗلنس روہٕ نہٕ دامانس تام

شہرکی لُکھ اٗسی یارس گاٗمتی ونتہٕ خیالَن تروو شہر
بوٗزم اَسناہ کوٚرن تہٕ دۆپنکھ چھُتہٕ النسانس پانس تام



# زہ شار

شمع ویگلیاٸے لوتہٕ پونپری پٕ چھ زالان شاہہ پٹھ
گاشہٕ مورژ لورہ قطرن زٕتہٕ زوتان شاہہ پٹھ

سحر پھوٚل زھوٕ پہٕ ہُند سحر بیہٕ راٸژ ہندی تارکھ تہٕ شوٚنگی
زُونہٕ پروٕہ آکاشس ڈلیو کھٹم از تہٕ کریشان شاہہ پٹھ



# غزل

یلہٕ اَبہٕ میُل گژھ تیلہٕ ہسا شولہٕ بہار میتو
سُلہِ گبوہِ بُلبل سونتس یپہٕ لوکچار میتو!

از تاں چھووُم چانہِن وعدن ہُند شیہجار
از تاں جگرس للہ وُم زلہٕ وُن نار میتو

چانہٕ جدایی منز پنہ سیرس فاش گژھم
ووٚنی لنسا رووُم صبرس پیٹھ اختیار میتو

اٚنتر دِلہ کہن دادہِن پایئے گوو اِظہار
یلہٕ لیَس بنہٕ تے تیلہِ سُے وَنہٕ وِلہ زار میتو

چانہٕ خیالکُ پرون غزل خوان چون خیالؔ
ژیی چھی ونہ وان اَز تہٕ خیالہٕ نشار میتو



# ریشماں

نیر گژھ ہُتھ بالہٕ تینتاٲلِس لٔتن
ہُتھ گجُرِ ڈوکس اندر چھے ریشماں پڑاران ژیی
گرم شوقن لتس چھ صبرٕکی بانہٕ بڑٕی برٕی ہتاوٕ وتو
کُس پوہول چھُے زاگہِ نٔنھ نٔنھ چھے نٔوے
مُژ جوآنی گانگلن ہندی سۆ ہتی ژٹان
مکٔژ ٹاساہ زیٹھہ کریکھاہ کارٕہ وۄ گناہ پیوو وپھر
جنگلہٕ کٔہن خوٗدرو گُلہن خُنہ سران گوٚو
نیر گژھ وۄذٕ شورہ پھتِرس آب تراو
نارٕ ئے ژھیۆرو وُٹُ چھُ ادہ ژھٹ کڈان
ٹرایہ کس شہرس اوے تہراج گوٚو



ہے اگا ہیمنانہٕ سِندلوٕ فوٗجی یوٕ
یُھتھنہٕ سوٗنچوٕ آسہِ کیاہ اَنجام لَتھ
یُھتھنہٕ زائلِوٕ کاہنہٕ ایجستمس ماچھُہ لتس کیُتھ چاہ کھنان
یُھتھنہٕ کاسِندرایہٕ ہنزہ کریکہِ بامبرِو!
تُہِ چھِہو گُڈٕی ہتی جنگس تُہِ جنگ کرِو
ییٚن کھائرِو کرتلن نیزن گرِشہو کھٕہرن دِوان
اوٚمگرمیدانِ جنگس منزٕ یہن کھاٗوِو ژھٕتس
اکھ ہیلن ییہِ بازٕ ساسَن آسہِ دژامژ کُل توٚتام



یا الٰہی! ناگہان تزٕرِٹہ لبٕش نجات
یوٚسہٕ گُجرٕی ڈوکن بناوان شوٗرہ ڈیٖر
یوٚسہٕ بڈِین آبی جہازن پھاٹہِ وان



# گرلز کالج

یہ چھُ آگرُ حُسنہٕ اشارن ہُند یہ چھُ مرکز لولہٕ امارن ہُند
یہ چھُ گلشن گُلِ اکتابن ہُندیہ چھُ مالیُن تازہ بہارن ہُند

مدہ موت فضناہ ئُندہ بون ہوا پربھۃ پاکس مُشکنہٕ دار وہ تھان
اتہ میٹھ جوانی أچھ مُژران اتہ نندرہ چھُ موت لوکچار وہ تھان

اتہ شوق جوان سپدان ؤلی ؤلی اتہ ہاوس پھٹی پھٹ جل نیران
اتہ سینچ مُنقل تیزان ہش اتہ شبنمہٕ فضہح کل نیران

اتہ مانزہ اُتھن ہُند شفق پھولان اتہ سورمہ أچھن ہُند شام زلوان
اتہ بو مبری زلفچ رات یوان اتہ رو پہ گُلی سحرس وأری کھوان

یہ چھُ نغمن ہُند اکھ وِگنہ وناہ یہ چھُ افسانن ہُند شیش محل
یہ چھُ خوش گُفتارک میوٹھ فضناہ ژھرکتھ چھ اتھ برجستہ غزل

سونہ پھٹی سونہ ہأری فراکن ہندی روپہ تندل روپہ شلوارن ہندی
تصویر گلن گلزارن ہندی رنگ فضہکی روپ نظارن ہندی

بلو کمبرس ریشم ڈیپٹہ گنڈِتھ بلو شانن زُلفک شال وُلتھ
گیسو چھ ڈکس پیٹھ پیچ وہرِتھ مس وانکہ چھ گردنہٕ نال وُلتھ

کُنہ دُورن ہنزہ یمہ گرایہ وُچھتھ یمہ لالہ رُخن ہنزہ ڈالہ وُچھتھ
مُشکل چھ گژھان دِل سنبالُن مُستانہٕ مژن امہ حالہ وُچھتھ

یلہٕ رُو یہ پیٹھ برقہ چھ ژلنہٕ یوان زن اوبر ژٹِتھ نیران وُزمل
بے وایہ اتی اتھ آکاشس کم گتھ کرِ کرِ پھیران وُزمل

یلہٕ نورہ ہٕتھن ہنزہ پروہ چھ پیوان زن گٹہٕ لد گوشن گاش وولان
برمند نیک سریہ اوتن واٹتھ گلو گلو چھ گژھان وُلی وُلی چھ ژلان

اکہٕ ہیرہٕ لون پانس لوہ کورمت بیاکھ آیہ شراہ سِنگار کرِتھ
یہ چھ لاگِتھ شیشوہ ہنگرہٕ زِہن کمہ نپہ نپہ کرہ وُنہ چھونہٕ جرِتھ

یہ چھ ییٹی لس مستس پھول کڈان ہو چھہ ہیٹی لس گاگل صاف کران
یمہٕ نجمہ ژیتنس زیٹھ لنڈاہ ہو چھہ ژھایہٕ ٹلس کیاہ تام پران

وَق آسِن سونتُک ہرُدابن اتھ چمنس چھ پھولان پوش دوہے
دیوانہ وُچھان زنجیر دوہے شاعر چھ گژھان بے ہوش دوہے

اتھ باغس کُم کُم پوش پھولُن کم رنگہ رنگہ پوش حسین ہندی
کینہہ پورہ پھولُن تے مشک ژھٹن کینہہ پھوکھ ٹلراون سِین ہندی



# غزل

روتلہٕ ماوسی گٹہٕ منزٕہ دٕراس
سحر پھولنہٕ بیٖہ تتھی منز ژاس

یٖرون چھُ پرانان نوٚو چھُ لوَان
میٖیٚ کاہنہٕ موسم آو نہٕ راس

ییٚنہٕ ووٚنی براندس کنہٕ گُنٛزرَکھ
ییٚنہٕ ووٚنی صحنَس گرٚزھ دُہی ڈاس

ہُتھۍ تہٕ ووٚل چھِوہ کنھ تامت سینٛز
دوٚپہمَو حضرت بہ تہٕ ووٚنی دراس

پِگھی ییتہٕ ژٕلہٕ پچون خیاآل
وُنی وُنی جانِ مَنس پیٚہھ آس



# غزل

دِل زاۓلِتھ پرہزلاۓوم رات   وولہ ووِنی دلہ کس دادس وات

میاۓنی ڈرے چھےٚ میون از بوز   پگاہ خبر چھا نیرِیا سات

صُبحن ژٕرۓ تہٕ ماہیوسۓ یاد   خابس منز میہ تہٕ وُچھمک رات

یَتھ شہرس منز غم تہٕ دروٚگیاۓ   وَنتم کَس کیاہ ہٕنزہ سوغات

راتچ کتھ چھےٚ بیٚگیچ کتھ   یی گُدرِیو تِی گُدریو رات

ووِنی پیہ نۓ یمہٕ غزُلک عار
ووِنی کر دِل مُشرِتھ کتھ بات



# شہر نامہ

تۄنہٕ وقتاہ گوو کھتہٕ گاش پیوٚو ادہ پھولہٕ سحر یتھ شہرس منز
ادہ زٔنم زنم للہٕ واں ووتھمُ نمتہٕ دادٕیک شرٕ یتھ شہرس منز

یتہٕ لگھ چھی زاگان پامہٕ دِلَس یینہٕ دِلہٕ کٕہن دادِبن فاش کَرکھ
تاثیر چھُ یتھ ہٕوہ ہس یدلی شبنم چھُ زہر یتھ شہرس منز

میٚنہٕ تہٕ اوس گلابن ہُند تمناہ داماںہٕ مھتولوم اشہ وانہٕ چھُلت
ادہ یوٚت یِوُنے پیوٚو سونت ہٕرِ کھتہٕ لٔج لٔتس تہٕ نظر یتھ شہرس منز

اَچھ دأدی لدَن ہندی پأٹھی پکُن گژٕ کأڑی کھوتین منز سات کڈُن
پھلوأے خیالٕن گنڈٕ تراوُن فرمانِ شہر یتھ شہرس منز

کُنہٕ وِل چھُ پھٹان کُنہٕ غم چھُ لۄوان ییٚتہٕ صُبح ژھۄوان ہیٚتہٕ شام دزان
لۄوٕ ویٚتھ یتہٕ چھُ شیٖشن کُنہٕ لایان ہر فردِ بشر ییٚتھ شہرس منٛز

بدکارن ستیٚ اَتھہ واس کرِتھ اشرافن لیکہ تے فاش پٕرِتھ
تہذیب چھُ لوکن ہیٚچھناوان یتہٕ سازندر ییٚتھ شہرس منٛز

ییٚتہٕ مردہ چھُ زندہ بادن فِدوی ییٚتہٕ گُلو گفتارس ٹھیٚکہ ناوان
وۄنۍ میہ تہٕ ژٕرٕٹ زیوٕرہ ہنز تلپچ کتھ وونۍ ژہ تہٕ ژھۄپہ کرِ ییٚتھ شہرس منٛز

وٲران رواجن ہُنٛز بستی بیمار احساسن ہُند عالم
زندن چھُنہٕ ییٚتہٕ کھۄنڈٕ ہار تہٕ مول مُردن چھُ حصر ییٚتھ شہرس منٛز

وۄنہم آکاشی بُراق ژٕ چھُک ادہ متہٕ پرژھ لۄتہٕ کم منزلہ گژھم
وۄنۍ صُبحن شامن سۄمبران چھُس تم پھُٹہٕ متی پرٕ ییٚتھ شہرس منٛز

گلہ لۄٹرٕ ہن پھولنس باج ہیوان گُل لاٲس داغس لۄٲلی گرٛشان
متہٕ شاعرہ ییٚتہٕ گوو آب تہٕ دژوگ چیٚیہٕ ہٕ خونِ جگر ییٚتھ شہرس منٛز

یوٚدسہ زرچ پزرچ وَتھ شیٖرکھ ادہ برمند نین اُڈٕ اُڈٕ نیرکھ
پزرس تہٕ چھُ زن ییٚتہٕ کھُر آمُت سرٛزرس تہٕ چھُ ورٕ ییٚتھ شہرس منٛز

ہے وقتکہ بختاوارہ لگےٚ ! ایمہٕ غربتہ کرٕ ہے سال پکھا؟
بوزم ژیہ نہٕ آسان رژھہ تہٕ موکل میٖنہٕ چھ کاژک شرٕ ییتھ شہرس منز

دلداری چھم سرمایہ دٕلگ نارس پھلرِم گلزار لوٗے
ژیہ نہٕ ہاوس رژھہ تہٕ بہارن ہُند میٖنٛ آو مُژر ییتھ شہرس منز

ووٚلہ یکہ ووٚٹہ کُنہٕ ساتن بہمو ووٚلہ جگرکی داغ تھوو مُژرتھ
دلوٚ ژیہ تہٕ باسی تغییر دِلس دلوٚ میٖنہٕ تہٕ ژلِہ شرٕ ییتھ شہرس منز

رشتن ہندی بام پھتر ترأوتھ یارانک بُل بہٹہ رژھرأوتھ
بیگانن أسی یتہٕ زان کڈان اَبہٕ بأژ ووپرٕ ییتھ شہرس منز

انزانن لگہ ہا پأری یمن یتہٕ قدمس قدمس کوسم پھلو
بۓ اوٗسس شہرک بأسی مگر میٖنٛ روو شہر ییتھ شہرس منز



# أسی کأشِر

یُس چائنس میأنس ہیہ زاگُن لَتس کیٚتھی شونگمٔتی شہار چھ أسی
یُس ہمدم اسہِ دلہ ڈبرائِن لتس کیٚتھ سُونتک شیٚہجار چھ أسی
پٔزی یارِ ہندی پٔزی یأری چھ أسی دگدارن ہندی دگدار چھ أسی
یتھ خون شہیدن ہُنداسہِ وۆند تَتھ ہِنس وطنس یار چھ أسی
یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میون وطن یمہِ وطنٕکی دعوادار چھ أسی
أسہِ اخلاصس دس بُوسی کرِتھ اَسہِ محبت رچھنک قسم کھیوٚ مُت
رٲنِش وأریٖہے پرہ وأریٖہے اَسہِ نُندہ ریٚوش بابس ناوٕ پیومُت
یمہِ ہیٚوندتہ مسلمان ویٚونڈ یکسان لتس لل دیدہ ہُنداسہِ شیر چومُت
رہبر چھُ قرآن اَسہِ پرہتھ مُنزلُس گیتاپہ تہِ پأروکار چھ أسی
یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میون وطن یمہِ وطنٕکی دعوادار چھ أسی
گُل دانن کاغذپوش جُرِتھ اَسہِ وۆنکھ زِسوٗرے گُلشن پھوٚل
پٔہرِ منزتلہ رُسی زاٗنگی تھوٚ ہتھ اعلان کوٚرکھ گٹہٕ کارِی ژوٚل
یتھ سبزرس پرزرس أسی چھ فداہ تتھ سبزرس پرزرس لوگکھ ہوٚل

ٹھوو کھ نہ ژٕ ہتس منصور چھ اَسہِ ایمانٕک لوٗن اظہار چھ اَسہِ
یہ چھُ چون وطن یہ چھ میون وطن یمہٕ وطنٕکۍ دعوادار چھ اَسہِ

یم اَکۍ سُند پھولمُت بدن تھکان میہ چھ نظرِ چھو کہ لد ساسہ ہیٹھ
گیوٚے گیت یمو خوشحالی ہندۍ میہ تہٕ بأتھاہ لیوکھ افلاکس ہیٹھ
بیہ از چھ وں اَسہِ آمادہ گمُت طوفانن ستۍ اَتھ واسس ہیٹھ

بیہ وقتکۍ رتم ساہانہ کٔرو مجبور وٕنن مختار چھ اَسہِ
یہ چھُ چون وطن یہ چھ میون وطن یمہٕ وطنٕکۍ دعوادار چھ اَسہِ

اَز تامت ساہن چھو کہ لادِن ٹلہِ پرد لو پھرِ پھرِ کراَلی سہٹاہ
ووٕنۍ ظلمن ستمن سینہ تہٕ دیُت ووٕنۍ طوق تہٕ وٕچھو اَسہ نالی سہٹاہ
اختیارٕکۍ بیہم دو کھ تہٕ ستم اَسہ ژٕالی سہٹاہ ووٕنۍ ژٕالی سہٹاہ

یمہ یور بہُن گوو موت یژھن ہُشیار چھ اَسہِ بیدار چھ اَسہِ
یہ چھُ چون وطن یہ چھ میون وطن یمہٕ وطنٕکۍ دعوادار چھ اَسہِ

اَز تامت کوٚر ریکھ زیر دو ہے ووٕنۍ شیر ژٕہ بن ووٕنۍ شیر ژٕہ بن
بزدل چھُ خدا لیس تام کھران لوٚد بنُن ژٕیہ چھُے دلہیر ژٕہ بن
لیس پوش دِیی تس دار ہلم شمشیر وٕچھت شمشیر ژٕہ بن

گلہِ لوٚرن منز گلہِ لوٚرِ چھ اَسہِ تلوارن منز تلوار چھ اَسہِ
یہ چھُ چون وطن یہ چھ میون وطن یمہٕ وطنٕکۍ دعوادار چھ اَسہِ

یتھ ساہنس پرأنس ظُلماتس لوٚہ لوٚرُک پرٕلو ہووُتھ ژٕیۍ
وأرانن گلشن پھلرأوتھ گٹہ کارس گاشس بنووُتھ ژٕیۍ
توٚے طرح زمانس ہیٹھ ترأوتھ تاریخٕک روخ بدلووُتھ ژٕیۍ

اَزیتہٕ سونٕے غم خوار ژٕہ چھُک اَزیتہٕ چأنی غم خوار چھ اَسی
یہٕ چھُ چون وطن یہٕ چھُ میون وطن یمہٕ وطنٕکی دعوادار چھ اَسی

یُس نمرودَ و یوٚژھ دوبراوُن وتہٕ پیٹھ دأرِتھ سیٖر دیتُھ
یُس تردو رسُولَو سینَن پیٹھ تتھ چھاپنَس نوٚو تحریر دیتُھ
ساہنِن ہوسَن حاصل بخشتھ ساہنِن خابَن تعبیر دیتُھ

یہٕ چھُ معجزٕ چانِن نظرن ہُند مجبور ونان مختار چھ اَسی
یہٕ چھُ چون وطن یہٕ چھُ میون وطن یمہٕ وطنٕکی دعوادار چھ اَسی

یُس آگرُ ساسن دریاوَن ییٚ سوٚن تہٕ عنیق سمندر چھُک
ہُبوٗرُن مردِ مجاہد چھُک اقبالُن مردِ قلندر چھُک
ژٕہی محرم چھُک سائنس رازس ژٕہی ساہنِن سینَن اندر چھُک

گرٕژھ قدمن چانِن مددِ خداہ چھک سُون دوا بیمار چھ اَسی
یہٕ چھُ چون وطن یہٕ چھُ میون وطن یمہٕ وطنٕکی دعوادار چھ اَسی



---

(یہٕ نظم آیہٕ اپریل 1964ء س منز لیکھنہٕ تہٕ آیہٕ سرینگر کِس شہید مزارس پیٹھ اَکِس عام جُلسس منز شیخ محمد عبداللہ تہٕ موجود اوس۔ یمہٕ نظمہٕ ہندی آخری ترٛیہ بند چھ شیخ صأبنی پیٹھ لیکھنہٕ آمٕتی۔ خیالؔ)

# وطنُک نغمہ

یُس باغ شہیدو خونہ سگوٗ سوران چھُنہ زاہھہ تہٕ بہار تمیُک
یتھ شوقس ارمان آسہ ڈکھس کمُی دوٗبرِ متھ ہیوٗک اظہار تمیک
اسہ دردِ وطن سرمایہ دلن اسی بیہ چھ ژھٹان از نار تمیک
بیہ وطنس غاصب زاگہِ چھ از وولہ بیننس وطنس رأچھ کرو
یتھ وطنس بوٚراسہ لول دوہے یتھ وطنس بیہ از لول برو
ازتامت چانین ژانگین ہُند نیوٗ گاش تموٚیم اسی وو پر
ازتامت چانس لوس تُل پر خاش تموٚیم اسی وو پر
ازتاں چانین معصوٗم طمہن کوٚرناش تموٚیم اسی وو پر
یُس دامن اسہ پُرژہ پار کوٚرکھ تتھ جگر کہِ خونہ چھ پُھوٚنہِ جُرو
یتھ وطنس بوٚراسہ لول دوہے یتھ وطنس بیہ از لول برو
یمی ژھور گلابن ہُند گُلشن لتس دارِ نی بیہ گوڈہ خارس تن
سُقراطو زہرس ووٚن امرہتھ منصور دِوان گے دارس تن
نمرودو کھاویوو پار دِلن دِژ لو تہٕ خلیلوٚ نارس تن

بیٚہ لۆٲی طوفان اَسہِ برونٛہہ یِیہ تن بیہ طوفانو مٔنزی تارٕ ترُو

یتھ وطنس لۆر اَسہِ لول دوٚہےَ یتھ وطنَس بیہِ از لول برُو

اَز نٔے زٕہ وٕ وتھلھ تیٚلہِ کرٕ زٕہ وٕ وتھلھ یِزٕ کاآلیہ سات سمیومُت چھُے

یمہِ زہرٕک دام ژٕییٚہ چوٚن اوسُے تمہِ زہرٕک پیالہٕ بہٕ چومُت چھُے

یمہِ لیور ژٕیہ وٕونی کوتاہ گدُری! ازتام سیٚھٹاہ گدُرِ لومُت چھُے

خود دار اُکن ہندی پأٹھی لسو خود دار اُکن ہندی پأٹھی مرُو

یتھ وطنس بلوٚر اَسہِ لول دوٚہےَ یتھ وطنَس بیہِ اُز لول برُو



# اکھ مُلک ـ اکھ سالاٗنۍ

سالاٗنۍ : وُمر گُذرأو میہ کم شہر ژھنڈاں مُلک وچھان
پوٚزیہ نُندہ بون فضاہ سونتہٕ سرودُک مایُن
پاٗنۍ پانٕے چھِ حسین خاب ہیوان ییتہٕ میٖٹھۍ

مُلک : میانۍ بُرات ژہ واپاٗرۍ چھِ زن سُور وڈان
میون اوحال ۔ دزان دوہ تہٕ وسان نار شبس
یورکوٚت آکھ ژہ سالانہٕ یہ کتہٕ گوٚے وٕتہٕ بھیُر

سالاٗنۍ : ییتھ حسین مرگہٕ اندر کُمۍ یہ پنُن دِل مُژرود ؟
ییتہٕ بازار صلیبو ستۍ بجھتھ چھُس ڈلیشان
ییتہٕ ہیتھ سلس مسیح تاج کنڈٕ بن ہندی لاگِتھ
زندہ موسیٰ تہٕ مگر مردہ بنی اِسرائیل

مُلک : زندگی زن چھُ پیومُت خونِ جِگر صحراوس
زنتہ باغن چھ بہارَس بَرنہِن دِتۍ ہتۍ تأری
ناگہٕ راۄن چھ وُزنۍ تریش مگر لوتہِ ترٛٹھی
محشرستان تہ پربتھ کأنسہِ پھُٹِتھ زلو درامژ
واے کرِنا کاہنہ نبیؐ صأبنہِ دربارہٕ سوال؟
باوِہ ہیس میأنۍ سِتم میأنۍ صدم میۆن پہ حال

سالأنۍ : مأج مریَم! چانہِ اِلصافکہِ بجرُک فریاد
مأج زٕینۍ تام چھُ دۆدمُت پہِ چمن پھُلراوُن



# شہید

لُوٗلۍ یوٚت آیوو تہٕ یِلوٗ نُے نیوُ تمُو

بیہٕ گرم جسمن اِترٕنۍ رِگلو ہٹاسہٕ وَن

کیا سأنۍ لوٗ ہہٕ ما مَقتلن ہنٛز وَتھ خبر؟

آسمانن ہندۍ ابین یاہُو تہٕ ژٕ لۍ

ہے سُہ دردُک چارہ سازاہ ژھأری لوٗن

ہے سُہ تہنٛدُی مارہِ متہٕ آیوو یور

گُلہٕ گنٛڈِتھ اَز نیوٗکھ مُجرم ناو پیوس

تَلہٕ سا دردُک چارہ سازاہ ژھأری لوٗتن

تَلہٕ پدٕ بن ہندۍ کٔنڈۍ اَچھر والوَ کَڈِتھ ے

باکھ تراوَے میانہٕ مظلومو وولو!

آسمان تنہا زمین تنہا دِیان

جامہ چھٹتھ وۄ زلہو گلالو مُشکہٕ ناوِی

شیرہ شوبان وارہ ہُند کنڈی تاج از

وُنلہ ہُند موسم تہٕ پریزلیو وتارُکھاہ

ہا دِلو! ہا بُزدِلو! ہا غافِلو!

میانہِ تنہائی ژٕہ کیاہ لسلاہ کرٕکھ

یہنٛدٕ وُچھس منز پُون دُب دُب ازگو بیوم

ڈیلش ٹھفرن پیمھ صلیبن ہندی قطار

زٕین لیوٚد تزٕینہٕ تگی خونچ پہ بوٚے

یہنٛدٕ گٔٹس منز زتنہٕ بیہ زوٚورن الاو

نورہ تارکھ بارہا پریزلن ــــ مگر

خون دیہ بارٕ و چھوکن ہنز وہ شلہ رات

زندگانی ہُند سحر پھولہِ چاک چاک



# مُجاہد

(یمہٕ نظمہٕ ہُند مرکزی خیال چھُ RUPERT BROOK سنٛز
مشہور نظم SOLDIER پیٹھ آمُت)

آسہٕ یتھ میٚژ تاں وُڈے مٕژ شورہ ستی
آسہٕ یتھ آدٕمی رنٛگ چھِرکاو گومُت چارسوے
دُور سرحدکس تتھِس وٲران گوشس منزِ لگاہ
خونہٕ سٕری تن میأنی دوٚبرن میأنی دوس

میأنی تَن یتھ میأنی وطنَن ماے بٔر
یتھ رُمَن منز وٗریہ وادن جاے شیر
یمہٕ سٕرکی سرتازہ لولَن ہُمہٕ وڈٕر ہندی محبتن
میون یاوُن یتھ یتکِی فضہٕن دوہے دعائے خیر کوٚر
یتھ دوہے میانٕو یمو صُبحوٚ تہٕ شامو آے کونچھ

دُور تتھ گوشَس کُنتھ زاہِہ کاُلی ہرگاہ وَتھ لگی
شالہ مارُک بونِہ شیٖہجاراہ کری خوش آمدید
زَن دوپہرس ڈَل ڈٔہِس پیٖھڑ تھک کڈکھ
یوٚسہ گرد مانڈکھ پدلو تتھ آسہِ نَے پھلو متی گلاب
یُس قدم تراوکھ تہِ پوشن پیٖھڑ پییٖی

اکھ بُرنزاہ تٔتی لَس بِہِتھ سوچ پٔچاہ کرکھ
موت ہے یوٚتنس تہِ واڑو وخشمہِ ہوٚت
یتھ زمینس تے لجیولیو خونہ دروٚو

نار ہے ئٔتی لَس تہِ یتھ درمنس ہہرٔون
یَتھ ہواوَس تے رلیولیو شورہ ہتی
کِتھِ سَنا پاُٹھٕن چھُ بہِ ازٕ دولَس آمُت بہار
زندگی کِتھِ پاُٹھی ئٔتی لَس بِہِ چھوان
جانہ وارو بہِ وُچھُن ہیوٚ تمُت چھُ یَتھ فضہس اندر
خوش ہواوس تام آمُت وجد ہیو
تھوٚد وُچھتھ یلہِ آخری نظراہ اَتی تراوَکھ میٔہ کُن
بے نشان اَکھ پرأنی قبراہ میٖھٹی دوٚن پاُدٕن کری
اَتھ وُجارس منز ژیہ باسی تھنہ ہیٚمہ اَکھ لوٚ کشیر!



# سونٹھ

رأژ ہنزن لرہ کانٕہن یلہِ کوٗ ہہ تالہ سنیأیہ تہٕ واش کوٗڈُن
مندنکہِ تیہٕ تاوٕن یلہِ سیٹکلس وُٹھُڑ بھیہہ نأوی
تچھ تچھ کرہ وٕنہِ زاشرُی وُزہ لوٗو زمزٕمی ناگ
کنٔڈی وُبھہٕ أندی أندی نارچھکان تہٕ شیتل پوٗشاہ پھوٗل منزباگ

اقبال آیوو ازبروٗنٛہہ واراہ کال کشیرِ تہٕ بأتھ لیچھیون :
"یم کأشرِی یم زندہ دِل برہمَن زادہ یِمو
پرتہٕ سَمیس منز شفقس لوٗی لوٗی تارکھ جرٕی
یِمنٕ کوتاہ لوٗٹھ چھُ وقتُک موٗت اَنہٕ گوٗٹ
یتہٕ کاتھ پیوٗراہ نظرہ گرڈھ سبکھ تیٔہ سجدٕہ کرن"
یٔتھۍ سونٹس منز اقبالن اَکھ بأتھ لیچھیوو

شوقہٕ مندورن ہندہٕ ملکٕکی امبار سجاؤتھ
کِتھن خابن ہندی نُندہ باغٕ صنم پھُٹراؤتھ
کاٗری گرٕ وُسے بُل بھڑٕ شیرِتھ لِوِہ لتمیرُک کوٗرہس ناو
بیہ وۄن خلقؤ سونت ہسا آو

وأنسن ہشز ہشہٕ مأزٕ شھٹےمژ کریہنے مژ ہنہٕ ہنہٕ ویگلیائے
بنہٕ بنہٕ تلہ پھٹ شُنجہ پھُلے
نتہٕ وۄنٕ کُس رنگ رٹہِ یہ بہار!

کُس کُمٕ سندہٕ موکھہ سونتس یتہٕ پاژاو کران
کاہنہ تتہٕ کأنسہٕ بران یتہٕ مائے
غم خوأری ہندی رسمی منساؤکھ مُشراؤکھ
وۄلہ وۄنٕ زمن زمن ہندی تِم گنٹہ ڈیلہٕ تراوٕو
وَتھڑٕ لدٕ سینہٕ تہٕ کینٕو بڑی متہٕ دِل مُژراوٕو
یٔہے چھہ اکھ وَتھ
اَتھی وَتہٕ پیٹھٕ اَسہٕ گژہِ لدٕ گوپھِ منز پھولہٕ پراگاش



# مہجورُن مزار

[شہر سرینگرہ نِش کینہہ میل دور مشرقس منز چھِ اتھ واجِنہ شاعرِ کشمیر غلام احمد مہجورہ ہِنز قبر سیٹھاہ خستہ حالتس منز برلبِ سڑک بنہ بانِ حال کأشرِ قومچ بے حسی باوان ۔ یِم کینہہ شار سپدی امی وأران قبرِ ہنز حالت وُچھتھ موزون ۔ خیال]

واریاہ کاٗلٕ ازٕ بہٕ اَتھ واجنہِ پۄکُس کرٕ مٕے سلام
چارسو یس بیٹھ قبر وُچھمٕہ بنیمژ راہِ عام
شاعرِ کشمیر اوسکھ کأشرِس مُشہتھی ژہ گوکھ
او وُں گوویلہِ لتس کنٕن اوسکھ نیلی لتس یاد بیوکھ
از تہٕ باوان یُس زمینس آسمانس چون حال
ہنگتہ منگہ بیہہ آم از تمہِ فارسی شارُک خیال
"برمزارِ ما غریباں نے چراغے نَے گُلے
نے پرِ پروانہ سوزد نَے صدائے بُلبلے"
مُشکہ نأوِتھ پانہٕ گُل یمہِ پننہِ گلزار کی دہ ہئے
ترووہ ہکھ سرراہ اکأشرٕ اسی پرٕدار کی دہ ہئے



# غزل

چھاولنس کیُتھ میہ ونتہٕ تھوٗوُتھ کیاہ
یاوٗنک ولیُور بأ گرأوِتھ آکھ

دُٲدوٕچ سادٕہ رات ستشیریأ مَے
کأل کالےَ بہار چھأوِتھ آکھ

راتھ دیُتمے ژیہ صدقہ بوٗسَن ہُند
ازژہ پردینٕ سُہ بأ گرأوِتھ آکھ

توقہَن ہندی گمانہٕ راوٕریتھم
خواہمخواہ لطف راوہ رأوِتھ آکھ

دل خیالَسَ چھُہ شیشہٕ خانُک بر
راز رِشتُک ٹکَن ژٕہ بأوِتھ آکھ



# شہر آشوب

یم ساأنٔ دوکھ أسی نہ تِمے نال ولان گئے
سۄرٕ زخم اتی رُودی بیٹھٕمی داغ بُلان گئے

وحشی تہ منُش کھاو دِوان کریکہ شہر زیُون
دستار ھِتھُوِتھ ژورِہ شہر باش ژلان گئے

أعماہ بنیأی ئیتہٕ گاشہِ نیٖ گاش کِنٔن وٲلی
بیدار نظر لُورہ بُھتٔین سُور ملان گئے

زُہٕ گاش کیٔنکھ تارہ کن سبہٕ شام کُرٕکھ بُولی
بُرمندنین اکھتابہ کوٗہو دور ژلان گئے

جانا وٗرن ییتہٕ والہ برلو نال چھُ وٗلمُت
اجدر تہ سُرف پوشہ ٹھرین ژھایہٕ پلان گئے

یئہٕ گُلی چھِ ونان شارتہ ینہ زُری چھِ دِوان داد
تتہ اہلِ زبان صاحبِ گُفتار کُلان گئے

کل لیٗگ تہٕ پوٗزے اوس اما زانہہٕ یہِ چھاو چھمُت ؟
شنہٕ بال درینٔی ہارہ مگر ژِھٹرِہ گلان گئے



# شہرِ ناپُرسان

اِکتی زاھد ہوشہ ڈائِم شہرِ ناپُرسان
ٹلو لڈاپن ڈیر کھائِم شہرِ ناپُرسان

شاعرس پھوٗر پوٗز ونُن دوپہس وِنے منٛز چھے
اَبلہس ییوو ناو عالِم شہرِ ناپُرسان

سانہٕ ییتہٕ مسخرہ ظریفن ناو ییوو شاعر
توندرہ گجہ منٛز شار زائِم شہرِ ناپُرسان

گوٗری کاندرٕ بیچ کران خذمت ٹکن، اللہ
شہرہ کی شہری چھ ظائِم شہرِ ناپُرسان

ذات پرژھنے اَز کران چھم بات کرنس ٹھاک
رات ییم تخنس میٖہ کھائِم شہرِ ناپُرسان

رہبرو ییتہٕ رھزنی برمندنٕہن ورتاو
پوشہٕ بھترہ منٛز سرف پائِم شہرِ ناپُرسان

نارہ لد پوٗنپری کرِم کیتہٕن الاوٗن گژھ
اِکتی جھنڈہ کھائِم تہٕ وائِم شہرِ ناپُرسان

یم حریرس أسۍ وُلۍ وُلۍ تھاوۍ مِتۍ یارو

شَرمہٕ ہندۍ ژِتم پردہ زاألم شہرِ ناپُرسان

چانہٕ واأرانٛج ہوسکۍ سکوان شبنم کوس

پننہٕ باغکہ پوشِش ژاألم شہرِ ناپُرسان

وُستخانن بَنہٕ لیکھِت گنڈہ ہیٚ نہ أندۍ أندۍ تال

شکر کرُونہٕ چھُک ژٕ ساألم شہرِ ناپُرسان



# غزل

پرأوی منزل مگر چھُ منزل دُور
شام سپدیوٚ خدایہ صُبحک نُور

زن نہ رُوزِی سو زان اکھ أکی ہنز
انقلابَو بنأوی کمُ دستور

دُور پیمِژ لہر پرژھومس حال
ساحلس شرٕپ سمندرن وَچھ کُور

أز چھُ تِتھٕے کٔنٛز خیال جی بولان
توٚشہ ٹیگور داد دِیہ مہجور



# غزل

سونٛتہٕ ہواوُک خوشبوے اوُسس
کریدڑہ ہٕقرٕبن منز بندگومُت چھُس

کالہ ژھنڈُم دُنیاہ تےٚ سُٹنیاہ
اَزیلہِ گرہ ووتُس تٔتہِ روُس

تتہٕ گوٚو وقتاہ مَنہٕ سَن دِتھ گوٚو
متہٕ پرژھتم کر، متہٕ پرژھتم کُس؟

وُنہِ تَس پھرِ پھرِ برأنتہ گرژھان چھم
پھرِ پھرِ ووٚنمُس ہے چھُس ہے چھُس

بُرزہ پَشن تٔہِ پھٔلو نہ گُلاےَ
یٔنہ یتھ لرِہ منز ژاو خبر کُس

نابد کُنزہ ہی شار لیکھان چھُک
پیر آسی ژٕیہ خیاؔل تہٕ نتہٕ کُس؟



# مِیلادِ محمّدؐ

خفر گُچھن ہندی ٹیٚنڈی ووٗگیناۓ ووٗگنِتھ ووٗشلیاۓ
خیمن ہندی بدوی بسکین
نصف شبس بیدار گٔژھت زن لوٗہ سَرِہ زاے
گٹہٕ منزٕ نیرِتھ واشِس کڈِتھ گاشس منزٕ ژاے
سبکہِ لہرِن پیِہ پوٗری کنِتھ پٔروٕ
اکھ اکھ ذرہ زن نورہ دوٗژھو چھوٚل
صحراوِکی تِم ڈٔدی مِتی کنہِ پھٔلی
چاک پدٕنٕ ہُند خون یِمو عِصاتَن پیٚو
تِمہٕ نٕی نکھٕ پھوٚٹ کوثرٕ ناگ
أندی أندی کٔنڈی ڈُپھ أتھی منز پوشاہ پھوٚل منز باگ

قافلہ والبن تلہ پُدی بُستن پھلو گلہ لوڑی

پھیہہ پھیہہ کرہ ونی وبٹھ زن ماچھ گلبو کُملاوی

ہکریمژہ بزہ ـــ سونتہ لبخن زن واشاہ دژاو

اُکریمژہ زنگہ ـــ فولادس لئ لِو سرہ پین

یاشاہ پاشاہ گاشاہ پریزلیوو

میشرہ مؤر آدم رانھ بنوؤن

زمنس از آولوٹھڑ رسولؐ

محبوبن ہُند بوڈ محبوباہ

مقبولن منز بوڈ مقبول

غا با تی پا کھڑ آلو گوو

خلقو پننو خوفتہ اُچھو بیبھڑ

جہلکی حسدکی بیہ انکارکی پردہ ژلو

دِلو نظرحض محمدؐ آو

خلقو استقبال کریوس

قدمس قدمس لال ژریوس

دل مُژ راوِ بھ لول بریوس

صلی اللہ علیکؐ پریوس

صلی اللہ علیکؐ پریوس

# محمد صلی اللہ علیہ وسلم

اکھ عظیم انسان ییٚس دِل اوس لنجہٕ پھوٚلمُت گلاب
اکھ عظیم انسانہٕ گۄسُند پان سونچ واوِ گراے
غریبہٕ کِس لب تشنہٕ سیکلس منز شہُل ناگاہ وُزیوو
آمہٕ نیمہٕ تہ تنزلیشہٕ ہُتہ وکھٕ پھیشہ وٕنی لاران درائے

رأژ ہُند گٹہ کار أکھتی منز سر بسر لوٗرُک ظہور
میوٗٹھ انسانہٕ مُژھیُل مَنُشاہ موٗلُل پیغمبراہ
لول وارفتار أکھتی منز لولہٕ وولاہ دژاو لوٗن
جلوہ گر پزرُک تہٕ سہزرُک یمُسہٕ وُچھ تمی وُچھ خداہ

وُمرہ وُمران اوس ییتھ بُتراژ ہر دُک دہ وٕدہان
وُمرہ واداہ گوٚو تہٕ سونتن گُلشنس پأراو کوٚر
زندگأنی اَس ہندریمژٕ تہٕ چھٕندریمژٕ اوتام
أخرس أکھ اُمیٚن أکھ زندگی دامانہٕ بوٚر

أسہٕ تہٕ وُمراہ وأنژ ارمانن تہٕ آشن گوٚڈ بران
أسہٕ تہٕ ووٕنی ڈورِیوو منزل روو سرحد مُصطفیٰ
سانہٕ قوٚمچ ییرہ گأمژ ناو لوٚبھ لاگنہٕ رٔژیہٕ چھے
یا محمدؐ یا محمدؐ یا محمدؐ مُصطفیٰ



# ورُودِ حضورؐ

ناڑی نار تہٖ واوی واو
گردِ غبار تہٖ سیکہِ صحراو
نشہٕ ہتی بختاوار قبیلہٕ تہٖ تربیہ پرٕ سہارہ شرافت
نخوت غالب ، زیرِ ندامت
سر راہ پراران پرزک طالب پریہ ذی روح
کھنہ پیہ کُور تہٖ زلیں کھونہس
وۆنہس لرٕتھ کرہ ننگ و ناموس
زندے دوٗبرٕ کھ شاادی مناوِکھ کڈِکھ جلوس
کیا سا پیہ ناکانٕہہ پیغمبر؟
اَسہ دِیہ نا زُوزبہٖ خارات؟
سأری أسی بداد ونان
تہٖ اکھ دگ داراہ دادس ووت

تارکھ ڈُھتی و امالہ کرِکھ
زُہٕ گاشن ہیٚوت وَتن ڈُوٗن
گٹہٕ بُزِ پدٕ راہ زُولِ زُول
ازیوٚت اَیہٕ تشریف رسولؐ
سوندرُو پٔرِ لیو وَنہٕ وَن ہُرِ ٹُلی
''عربی شاہا مدنی ماہا
اَسہِ گوٚژھ گٹہٕ منز گاہا چون''
ماہِ صیام تہٕ روزہ درن ہندی ذٕدی متی وِچھ
زمزٕمی اِفطار
عربی خضرن ہُند ماچھر بیہ
ماچھ گلبن ہُند لوہِ شیجار

صُبحکہِ نورِچ زٕژ وُژھ نندرِہ تہٕ سوٗرے عالم گاشِ گاش
وٗلو وٗلو تشریف اَنُو حضؐ
پاذن چھوہ موٗنہٕ میٹھی کران بُتراتھ وُچھو
سایہ کرِتھ حضؐ چھوہ آگاش
نورِی نور تہٕ گاشی گاش

دروازس گو ؤھُک ھُک کُس چھُو؟
بہ ہسا چھُس سُے آدم زاد
دوژھو دوژھویس منز وَتہ راھِتھی
وۄہوان وۄہوان ئل ژیہ چھوکھ
وۄنی کیاہ گژھی تہ یوت کوۄ آکھ؟
مُشکہ بۄرت اکھ پوشہ گونداہ ہیتھ چھُسے بہ آمُت
میون خداہ کُری نے ژیہ ہدایت اصلک پزرک
بہ حض وندے زُو
بہ حض دِمے چھپہ اہل وعیال
ژی حض چھکھ یمہ مُفلس زکٹک مولہ وُن مال
گوبٹ اوس گومُت ہے بُنگہ ہیو
جرمئز بالو پئتہ کنہ ڈیوٹھن لۄر وزان
ژھاین ژھاین ژرژان ژرژان گو وبے ہوش
اَتی وُچھن بیہ نارِ نار تہ واوِی واو
نارس واوس کوٚر کمیو تاں شبنمٕ چھرکاو
یہ ہسا چھُوہ سُے
بوسہ کران یس قدمس قدمس آبِ زُلال
صُورت اَمی ہنز عاشق یتھ گو وپانہ خدا

محمدؐ صأب چھُ أمۍ سۍ ناو
ویسۓ پوشَن کرہ وَے کڑاو
محمدؐ صأب اَسہِ آنگن ژاو
یمبرزل تہ سوٚنبُل تہ گلاب وتن ووھراو
ویسۓ پوشَن کرہ وَے کڑاو
موصُم شُرۍ وُچھ خاب تہ دۄدہ ہَرہی وِڈھ
رَسہ رَسہ اُسناوِن
لاوہ لدن بَدوی خیمن منز
رُوسی کچن ہُند نافہ مُشکیوو
کرہنی کمل ژھیٚنمز تہ ہرنے مِژ
أکھی منز اطلس بیہ زرباف تہ بیہ کیمخواب
پارچہ وُلۍ وُلۍ نیٚپہ نیٚپہ کرہ وُن
لال اَمی منزِہ دراو تہ گاہ بیوو چارسوٚیس
سیکہ صحراو تہ دزہ وُن واو
رُدہ راٹھاہ بیہِ تاپہ تتے ہتی کوہ شیٚہلیاٸی
مکس مدینَس بَرگےٚ وُتھیے
لُتیے نبیؐ لیَس روٚف کرہ وَے
لُتیے نبیؐ لیَس روٚف کرہ وَے



# نعت شریف

نِکی نِکی تارک پریزلان گئے
رَزہ پھُلو وِوزلان ووِزلان گئے

کترہ پھلین منز لال وُچھو
دُنیاہ مالا مال وچھو

ماوسی گٹہِ منز نوٗرے نوٗر
نوٗری نور تہ عینِ ظہور

عربستانکی سکہِ صحراو
سکہِ بس پرأٹھِ ناگاہ دراو

تشنہ لبن ہندی وُٹھ کُملیأے
میٔرزی کنڈی بُزپوش بنیأے

کُفرستان تہ دَیہ سِنز ذات
اُٹھی منز ژٗسندہ زلونٛگ سات

ماوِسی گٹہِ منز نوٗرے نوٗر
نوٗری نوٗر چھُ عینِ ظہور



# نعتیہ رُباعیات

دلدار تہٕ دِلبر تہٕ دل افروز مُحمّدؐ
یلہٕ دِگیِنہٕ وَسان نۄر تمیگ سوز مُحمّدؐ
صُبہٕ شام لسندی جلوہٕ لِوان ژھالہ ژٕووا پاری
صُبہٕ شام اَچھو ڈیشس گنو بوز مُحمّدؐ

گرٹہٕ سینہٕ ژٕٹھ دڑاو نوٗن اکھتابہٕ محمّدؐ
لوکچٲری ییتیماہ تہٕ تمس بابہٕ مُحمّدؐ
پیہٕ چانٕی نظریام پھولن باغ وجارن
تمہٕ سونتہٕ چمن چھاونس آسا پہٕ محمّدؐ؟

رتہٕ ژانگو اَچھن شہُل تہٕ شہجار محمّدؐ
پھلراوِہ چھو کن پوشس سُہ بلغار محمّدؐ
یتھ کھُوری پھُٹھ آے تہٕ گردابہ گژھن لۍ
تتھ ناوِہ لمان پانہٕ دِوان تار محمّدؐ



# فریاد بحضورِ اقدسؐ

یُس قدم سبزُک تُجھو وٹھتو گوو ہیٚجر یا مصطفٰےؐ
کاشرٚن لوکن کر کھنا اکھ نظر یا مصطفٰےؐ

زال بوٚنہ وہرکھ طلنا بوٚ سٔتھ چوٚرگھ آسمان
وڈوٚنٔن جاناوٚرن پھٹٕمتی چھ پٔر یا مصطفٰےؐ

یِنہٕ یمن سانٚن بٔرن شستر صداہ گئے ٹنگ پھٹکھ
وُچھ کھوتن منز زوٚرہ چھے شہرُک شہر یا مصطفٰےؐ

سُوری گوو پوٚنیُر شمع ویٚگلیوو تہ دہی زٕھیتہ رات گیہ
گاش زٕھیوٚو گٔژھ گیٖرہ کوٚر پھولہِ کر سحر یا مُصطفٰےؐ

زٕانگی زٕھیتہِ گئے رنگ چھپتیاے کتھ پوشہ بٔنہ سُہرٕ ڈیٚرگوو
مُلکِ کشمیرَس یہِ لٔج کُمہ سُنز نظر یا مُصطفٰےؐ

شوٚنگنہ برونٹھہ یلہِ راتھ خاکِ پا تُہند چشمن موٚٹھُم
ساپہِ بٔدی تار کھ وُچھم خابَس اندر یا مصطفٰےؐ



# نعتِ شریف

تۆ ہہٕ نادلأیِتھ مصطفٰےؐ نتہ باکھ تراوتھ مصطفٰےؐ
یُس لول وردل چھُم تہُند ہہکہ تیاسہٕ ہأوِتھ مُصطفٰےؐ

یِہٕنہٕ تہُندِ عرفانگ شہُل ناگاہ وُزلیو و عربس اندر
تنہٕ کم سِتم گرأسہٕ تہٕ گۓ یتہٕ ترلیشہ پاوتھ مصطفٰےؐ

کاہنہٕ ہأوی تن زوراوری ورتأوی تن سوداگری
تَس کیاہ چھُ غم یٕغم خوارِیُس ہأوِتھ تہٕ باوتھ مصطفٰےؐ

لۆرَن تِتی مُتراوِہ أچھ سونتس تُتی رنگ لبہٕ کھۆت
سمسار تیتہٕ نی ہندرہ وۆتھ یتہٕ ڈاف تراوِتھ مصطفٰےؐ



# حُسینؓ

زمین چھ ترٲلِتھ ہیمہٕ آسمان چھُ نار چھکان
تہٕ بے سہارہ نفر کینہہ پیوان وۄتھان تہٕ پکان

فُرات اوس ہوکھُن اُزہٕ خنجر گژھن ژٕھٹن
بے سٕتھ بیمار عیالس پیٚہ کربلا ڈٲلِتھن

یمتین شہادتکہٕ عاشق ہُتین چھ قاتل کینہہ
یمتین زمانہ پدین تل ہُتین نہ حاصل کینہہ

یکایک آو بُنیُل ہیوٗ تہٕ ہیوٚرتہٕ بون لرزیوو
اما ژیٚہ ما سا خبر کینہہ پیٚہ کُس سآ واتھ بیوو؟

حُسینؔ آو وۄں برونٹھہ کُن دٲلِس چھُ یاد کران
یہ پانہ از چھُ محمدؐ پزیک جہاد کران

فُراتہ! اَز تہٕ ژیٚہ آسی سُہ دوہ کران بے حال
غدار اسی فتح مند وطن پرستہ پامال

حُسین آے شہیدی حُسین گےٚ تہٕ شہید
وۄں گوو مران چھُ اگر کانٛہہ مران فقط چھ یزیدؔ

خیالہ! میرانیس ستم پیٚہ سوزٕ رے بوو!
مہ ٹل وۄں کرٲلی تہٕ زخمن مہ پھرژہ کیاہ گُدریوو



# شامِ غریباں

لُورہ شفقتس رُود پِتھ کُن سُور عاشورُک یہ شام
زون ژھیٚو اسمان کریہنیو و
یاوہ ہاکیاہ باوہ زینبؔ صأبہٕ لژھ گیہٕ شوژ پوژ
تارہ کُن تامت اچھن پیہٕ ہم ووزٕ اوٚش ہأری ہأری
بارِ غم یوٚت تام وبرٕاوِتھ ہیکھ توٚت تام وُچھ
اے زمینِ کربلا غمہٕ ہوٚت یہ پیرہ ژھیٚون شام وُچھ



رأژ پھٹ وُزمل تہٕ کرتلہٕ بین لۆگ
خون شرپہٕ سیٚکلس تہٕ کنڈۍ دُپھرین پھٚلِتھ
داستانِ کربلا بوزِکھ اگر
از تہٕ باسی بر محل سرٕ تازہ چھے اکھ اکھ سطر
اکھ سُخن دلہٕ لو و مُت یوٚد سیوٚد گژھہس
بے وسا میٚژرہ موٚرتہِ لافانی بنان

اے زمینِ کربلاؤ چھ

ؤنٔ دِوان وُ بہٕ چھُس ژوٕ پأری

چشمہٕ لوسیم پرأری پرأری

اَز تہٕ لایان چھُس بہ ناد

سٔے حُسیناہ سٔے جہاد

سٔے حُسیناہ سٔے جہاد



# لۆُرہ کہ آگرہ لۆرٕی دڑاو

نذرِ شیخ العالمؒ

گٕبٕ لِشہِ گاشاہ دوٗزِھہ دوٗزِھہ اوٚنُن
گوٚپھ ہنٛدِ تٔپہ رٕیشٕو گاشرٲو پٔژھ
سورُے سوٚرُن تہٕ سٔرِتھ وۄنُن
"لفریوٚ میٚہ وُچھ تہٕ ژٕہ وِچھان گرٛژھ"

کٔنہ منٛزہ نے زن جوٗھر پھٔٹکھ
اَنہٕ اژیہ تہٕ کُس ییتہٕ وَتھ ہاوی
یٔنہٕ پھوٚل ہیوٗ وَڈھٕ ووٚنیدہ منٛز گٔھٹکھ
"ادہ مأنٕ لگکھ ترٕژہ تاوے"

ژالُن گوٚو ونُنٛدہ رِیوٚش سُنٛد ژالُن
گالُن پارُد ژاپُن نار
نفسُک مٔس ہوٚستاہ مدہ والُن
"ژالُن گوٚو منٛدنٕن گٕٹہ کار"

دَرده چھ پیٚنٛٹرٕ بنہٕ عرفانٕچ ریٚہہ
لُوکَو دۄپ کنہٕ تام چھُ نار
کنہٕ تام کھوٚنہٕ منٛزٕ ییلہٕ وَنہٕ کوٗدُم
"لوٚتہٕ لوٚتہٕ ژُلنَم ہا ہا کار"

تالہٕ پیٚٹھٕ بلاے تہٕ یمہٕ گنٛڈٕ باشے
چیرہ وُن دۄل تَے ییرٕ ونی ناو
اۄچھ والِن ہَے آسہٕ ہیے گاشے
"تیلہٕ کوٚوہ راوِ ہے کَہن گاوٚ"



# لوٗ وٗری

یلہِ وٗری یاہ وٗری یاہ سوریوٗو   تیلہِ تیلہِ شاعر سوٗنجیس پیوّو
زہرچ تلخی راۓچ کیٗھ   تشنہ جگر سنگلاۓچ کیٗھ
گیٹہِ منز لوٗر کریون تلاش   کھتیٹھ دِتھ نیوٗہس چشمن گاش
دِل پھٹہٗ لوّب ہیوّت دلدارو   ٹھلہِ ٹھلہِ وٗچھ میانو شارو
شفقس پام گلاٗنس پام   یازری کنز خوٗنس نیلام
مظلومن ونہ سِینن شراکھ   سیتارو منزہ دژاے وہداکھ
اکھ اکھ بُرنزاہ افسوساہ   لوزک شیشن لوّگ ٹھوٗساہ
ذرہ پریزلیوو گوو ہریک بروٗنتھ   گلو گۓ بلبل ہندریوو سونتھ
تلہ سا یاد وٗتر ہنیتوم   مس کرہ وٗن پیالاہ دیتوم
خونس لوٗشس تۂ مستی ناو   اۓش قطرن منز پھٹہٗ وٗری یاو
منصوٗرن کاٹھس پیہ جاے   عیسیٰؑ بدنس کلی کر دژاے

یلوّت پیہ گوتم کنن میہ گوو
یہٗ وٗریس منز تھنہ لیس پیوّو



# غزل

وُنِیس تام بأوِتھ حکایت گُلن ہنز گلابن مشک ہِتھ غزل مشکہ نأوِتھ
یمن ژٲھر نظر کرٕنہ زانہہ لۄوبہارن تمِس ٲدونن ہُند فسانہ چھُ باقی

یمے رأچھ در اَسی قلمس تہ سُخنس ہِتو شاعری ناوسوداگری کوٚر
زلون ہنز یہ جودوگری ہٲوِتن از دِلن ہُند کُڈر اِمتحاناہ چھُ باقی

یمو نار دزہ وُن دیپیویو چھُ شبنم تمن بورٕ شہلس چھ گمُہ سران گأمتی
خریدار مامانہ ہن یتھ زمانُس اگر زانہ ہن اکھ زماناہ چھُ باقی

اَڈٕہن اَڈوتی لُوسمتی یاد ڈیھُم اڈٕہن اوس بروٚنٕہٹی کو کھٕہن وائے آمُت
نظر دِزِمیہ یتھ کُن تہ ڈیوٚھم نہ کُنہ کاہنہ میٚہ ملیٲس شے کارواناہ چھُ باقی

کنزلی جامہ کٔری شامہ ژھایُو خیالَس لَسندی داغ کہتھ کنز ژٕٹاکارٕ ڈیشکھ
دوہن ہنز سو اَبدی حقیقت چھ مٕنٛھرٕ شبن ہُندیہ وقتی فساناہ چھُ باقی



# سمسارُک وۄش

اَکھ شِنہ رنگو یا ہُو فِضہس منز گیتہٕ گیری کران صُبحن شامَن
اَکھ دُنیاہ ہیوٗر کُن نظرہ تُلان ـــــ پالَس چھُ لیکان
اَکھ اِنسان لَس کُن مُدے گنڈِتھ
پنہٕ پنہٕ گومُت دامن داٗرِتھ رٕتہٕ داٗوی پدین اَشہٕ وانہٕ چھلِتھ
ہے ذاتہ میٚہ کیاہ کوٚر کیٚتھ گرداٗبس منز وولتھس
میٚہ دِتہ تار اپور!



یم سأنؠ سیاہ دِل اَکھتاٗبس پیٚٹھ ہاے پیٚیم
پیٚتھ کالہ کھَنان اَسی چاہ تہٕ تمن منز قیدین اَسی دِوان داٗرِتھ
اَز بَرمندین رہ عامَس پیٚٹھ اِنسان چھُ گاشَس قتل کران
اَز گرہ نیٚرِتھ صبحاے کران خوشی اَپُزٕ وَنُن
ہے سونتکہ بُلبلہ ساتھاہ بیٚہہ وولہ دَماہ ٹھہر!
میٚہ تہٕ شِنہٕ رنگو کوٚتر نظرہ کھوٚو تمی ڈال دِژم ادہ لوٚبُم نہ زانہہ

یہِ چھُ آہن کھاسِن ہُند تعمیر خیالَن ہُند مُلہ مایہ کرِتھ

یہِ چھُ ہر دکہِ بینہِ وُتھرُک عالَم

ووٚنی کمہِ ساکتابہ کرِکھ نازِل

ووٚنی کتہِ ژھارِکھ لۆوی پیغمبر

شہرس منز لۆوی لۆوی رِشتہِ کرِتھ اَسی بینن بازَن منزِ تہِ ووپرِ

ژہ تہ لۆکَن پھرِ وُن بازی گراہ بہ تہِ دُنیا داری ہُند شاعر

مے نار چھُ ازتہِ اَتھن سانہن ورتاوُن کیُتھ

یُمُ سیاہ دِلن ہنزِ گجہ منز اَسہِ لنش زُوزہتہ لوٚب

یِم دِل چھِ سیاہ - یِم کتہِ پرہزِلَن!



# ژٕ چھوٚن حُسن میون عشق

تیلہِ شوٗلہ بہ یلہِ چون حُسن زٕرونہِ کانٛہہ ٹھاک
تیلہِ شوٗلہ بہ یلہِ سأنی گریبان گژھن چاک

وُنکیس تۆہ اگر پانہٕ رچھِک شوق وٕچھس منز
زن صدرہ بلس موج وۆتھن زُونہٕ پچھس منز

مَس کھأسی بران لول سران پانہٕ یِیُٚنٕ چھے
اَزنٕے تہٕ پگاہ وصلکہِ اَمانہٕ یِیُٚنٕ چھے

اکہِ چانہِ قدم تراونہٕ سَروس تہٕ نمُن پیوو
اَکھ لولہِ نظر چانٕی تلکھ بیٚٹھ میٚہ دِلس گوو

کیاہ غم چھُ اگر خونِ دِلس آب کرُن پیوم
کیاہ غم چھُ اگر تشنہٕ لبہٕ اوُس تہٕ زَہر چوم

چوٚنے چھُ سُہ غم یُس نہ میٚہ کانٛہہ غم چھُ تھوٲنی
گژھہ رُومہ رلیشُن آے ژٕ یہ اَتھ مست جوٲنی

تنقید چھہ آسان عجیب عام لُکن ہشر
ییٚنہ لیلہِ تہٕ شیرینہٕ کھوٚکھ پام لُکن ہشر

تیلہِ شوٗلہ بہ یلہِ چون حُسن زٕرونہِ کانٛہہ ٹھاک
تیلہِ شوٗلہ بہ یلہِ سأنی گریبان گژھن چاک

# غزل

[ اُکِس گامَس منز اکِس گامہ سُندرِہ ستۍ عشق گژھنہٕ پتہٕ ]

ناگہٕ بَلس بیٖٹھ سمکھُن تروٗوُتھ صُبحن شامَن یِہ چھُ مُشکِل
بَلۍ وزہ لۄوُتھ شُہرہ تہ کُنِتھ کرِہ گاہکۍ گامَن یِہ چھُ مُشکل

سۄنبلۍ چھاپِک چھٹہِ رُخ لاگِتھ مأنزِہ گُلبن ہُند شفق رنگِتھ
گامہ زِٹھِبن لَش پانس تھاوِتھ جاے ژِیہ پامَن یِہ چھُ مُشکل

چأنۍ یہ لُستی مأہتر پژھتھ شہُرک اَسِتھ شہر مۄکھٹُم
لۄل چھُ ظأیِلم اَخرِ پئے لگہِ خاصَن عامن یِہ چھُ مُشکل

ولسہ چھے شوخ تہ حبسہ پننہ ڈلہ ہم خلقن اَتھِ لگِہ اَکھ بہرہ کنِتھ
میۍ تہ دِن جامَن چاک تہ پُژِہ نے ژِیہ تہ رۄنہ دامن یِہ چھُ مُشکل

دۄیمے پگاہ چھُ ژُون ٹیس بیٖٹھ ژھنۍ گُلبن تَل کرو مۄتاہ
دۄیمتم گرِہ کہن کُس فندکرہ تۍ نیرِ یِہ شأمن یِہ چھُ مُشکل



# وَق چھُ دُلدُل

اَکھ سٕو وِزیُتر اَژیلہٕ بیٚیہ میأنۍ یٚدۍ
آفتابس وۅٚن خداوندن۔ پٔزِرٕزِل!
تارہ کٔن بیٚیھ حُکم گوٚو صادِر۔ ژٔژو!
ژُونہِ آلو گوٚو رۅپیس وٕلوہ ہار کر



اَزیہٕ دوہ۔ اَزمندہنی اکھتابہ لوٗس
پہرہ أندی أندی میانہٕ دوٚہ ولسرِیوو گٔن
اَز میہٕ أخر بییو زمانس سجدہ دیُن
یا الاہی میون بوزن ہار چھُکھ!



میأنۍ بدنامی کران میأنِس وجودس ژھایہ گتی
أخرس قندیل سپدن سُوری ژانگہن موکلہِ تیل
زندگی ہشر کاتھہ سپیل؟
تو قہس سیزم بےٚ ستری
میانہٕ کتھہ کُس دِیہ جواب؟
زندگی چھا جہنمس منز نارہ بٔریہہ
کنہ جنتہٕ کس سرتازہ سبزارس اندر سحرک سرُود!



# غزل

لَس لاَس یڑ کاَل بہ ونہ ہا داغ دِلکۍ مٕتہٕ ہاوتہ ووٚنی
میٚہٕ تہٕ کوٚر زخمن ناو گلابک ژہ تہٕ سوٚرمُت مشراوتہ ووٚنی

نارہ برٛیہن پیٹھ شبنم ڈیشتھ میانِہن نظرن جلوٕے راٚوی
حُسن یہٕ چھاکِتہٕ برم کِنہ مستی اَتھ کاہنہ ناواہ تھاوٕتہ ووٚنی

ناٚدی کیاز بہارس لویُتھ ھرٛدس آسی کُن ژٕییٚ کُن
دزہ ونہ سونتکی کراٚلی تہٕ کریہِنیاٚ ے شہلی تیو لنگل پھٲلراوٕتہ ووٚنی

بدلس بدلس اٚندر روٚٹھ گومُت قدم قدم زن بے حرکت
بہ تہٕ اکھ دود زمانگُ وَنہا ژہ تہٕ اَز دِل مژراوتہ ووٚنی

اَز تہٕ خیاَلہ! خیالاہ آیوو سینس کُوران کُوران ڈٲو
بیگہِچہٕ خاموشی کنٕتہٕ نیرن اٚزی چی ژھوٚپہ منزراوتہ ووٚنی



# غزل

فریب کالہ پگاہ کھیوو تہٕ فند باز بنیاۓ
قصیدہ کارِ بدن پڑٕ تہٕ کارساز بنیاۓ

مَہ وَن زمانہ مُلان رُود غازہ ہایہٕ بُتھیٚن
مَہ وَن زہ آیہ لیکھن وٲلی جلدہ ساز بنیاۓ

چھِ اہلِ دل تہٕ وٕں لگیٚتی دُکاندٲری کُن
لَوے وٕں گوٗرٕ تہٕ کاندرادب لواز بنیاۓ

پییٚشرٕ لوٗ چھُ کان خیالس ہٕچھو تُمِس ہٲرِنج
یہ کوہٕ کیٚہتی چھہ اگرِ تُکھ نِشانہ باز بنیاۓ



# یوٗت ییلہٕ آے

شامہ پٮ۪ٹھ اکھ تابہ کھوٗت
خلقو لنفل پرہٕ نٕک وقت سپد یوٚد عفوٗ ذالتس مٕنگو
نتہ گژھِہ بر مندنٕن رُسوا
نہ ساٲری ژھارٕن ادہ سُہ بہٕ اندر پنٕنس ژنٕہ



یا الاہی میون دل رٕھٹ چیرہ پننس دستِ پاکس منز
ارپچ دُبراے ووٚنی لوٚسنہٕ ہیٚشہٕن
تاٯ کھاہ اکھ دوٗرہ پرٮ۪ژلیوٚو
زاوکُس تاں آو عیسیٰ
مندنٕن گٹہٕ کار گوٚو
ییتہٕ نالس منز یہ چھُس بیہ میانی شری بیہ ہٮ۪تھ صلیب!



# غزل

ژیہ از تہٕ یم راز چھی وَچھس منز ہتن پھِر کھناپہ شام ڈلِہ ہے
وجودِ آدم گوٗمُت چھُ دم پھُٹ کتھاہ کرکھنا پہ شام ڈلِہ ہے

سُہ شام تے بزم دلبرن ہنز سوٗنبلیٖ اَکھوٗ میوٗ ٹھ مَس پھِر لوٗتھکھ
بہ زہر وقتنُک تہٕ اَز تِتھے کُنِ ژِہ باگر کھنا پہ شام ڈلِہ ہے

بُے طول صحرا پدلوٗ ژیہ مونڈُٹھ بہار ژھاران ژہ کور ووتکُھ
گلابہ ہوسکہ ژہ یۄہی پینکی پاٗ ٹھوٗ ووٗز ہٕر کھنا پہ شام ڈلِہ ہے

یتیم شہرک یہ دم تہٕ وحشت ژمان چھُ آدم تہٕ ژھاپہ زیٹھان
ژہ زندگی وَچھ مُشرہٕ باپتھ کرہٕ پکھی کرٕ کھنا یہ شام ڈلِہ ہے

سخن وَرن ہُند یقین چھُنہ رلیوٗ تہٕ لغمہ کارن سرُود ہُند رلیوٗ
غلام نبی ییٚن خیال گیوٗی غزل پرٕ کھنا پہ شام ڈلِہ ہے



# اکھ دوہا اکھ

ازیکُ دوہ چانہ لسنک میانہِ لسنکُ دوہ
ازیکُ دوہ شینہس منز سأل کرنُک زونہِ کھسنُک دوہ
یہ دوہ یتھ راتھ تامت خونِ دلہ ستہِ صُبح اَبِ رُونگ
یہ دوہ یمہِ کس کزلی شامس فداہ کوٚرگاش چشمن ہُند
یہ دوہ یُس تاپہ مندنین پھوٚل مشک ژھٹہٕ وُن گلاباہ ہیُو
اماوسی رأژ منز زن تارُ کھاہ پریز لیوو
یہ دوہ یمہِ کین بُرنزن دعاے خأر کری کری شانت سپدان دِل
یہ دوہ یُس شری اُسن ہیُو ہتہٕ چھُ بیومُت لوٗلی سمیٚس منز

یہ دوہ سانین گرن بارن چھُ ضامن پایداری ہُند
یہ دوہ برکژ تہٕ یأری ہُند
کران یتھنی دوہن منز ماجہ ہُند وَچھ گورہ گوٗرُک سنز

گبوان یِھتھٕنی دوہَن پیٹھ شاعرن ہندی رُوح
رٹان یِھتھٕنی دوہَن اندر چھُ موسم نالِہ متہِ سوٗنتس



یِہ حُسنٕچ ٹاٹھ وِز قایم یہ لولُک میوٹھ دم باقی
خلوٗصٕچ درٕی پزٕٮ۪ک دستور ایمانُک قسم باقی
وُڈِن آکاشہ پیٹھی یاہُو گیوِن بُترآژِ ہندی بُلبل
دُزِن قندیل آتشن ہندی وُزِن سنطوٗر شوقن ہندی
زمانکِہ دأدی لدٕ محبوبہ! اوٗش وو ہتھرِاو غزلاہ ٹُکل
یہ دوہ مٔنگی مٔنگی اوٗنمُ یہِ چھُ چانہِ اَسنُک دوہ
یہِ دوہ النسانہ سندِہ لسنُک تہ بسنُک دوہ!



# غزل

لول زینِتھ زلوُن یارن بیہ تہٕ کینہہ
زندگی ہُند باز ہاژن بیہ تہٕ کینہہ

اوس کیاہ آسُن! وجودچ اکھ زِتنہٕ
ژانگی زاژلس عشقہٕ ناژن بیہ تہٕ کینہہ

یوٚرہٕ ٹھوٚومس لوٗٹھ زوٗ تاں پیش کش
لورہ دوٚہبنہٕ ٹاٹھ یاژن بیہ تہٕ کینہہ

داغ پھٔلی جِگرس گُلالن ءسِتہٕ ءسِتہٕ
کرٲلی ٹُلی لَس نوٚبہاژن بیہ تہٕ کینہہ

مُتہٕ چھُ گومُت بالہٕ یارس پتہٕ خیال
یار دوس اُتھ معنہٕ ژارن بیہ تہٕ کینہہ



# غزل

کتھ چھک دِوان ژہ ونی ہی وچھ کرِتھ حسین چھ راتھاہ
دولہ تراو پرون پتہ کُن کر لوٗ کھتاہ تہٕ باتھاہ

کیاہ چھے خبر میہ کتھ کُنہٕ زرِتھ ہرُم یہ دود جگرُک
میہٕ تہٕ پوٗشتن یژی ہَن ژیہٕ تہٕ سُوزتھم سوغاتھاہ

گاہ چھووتھس نَٹہوتے گاہ تھووتھس بہٕ وچھہ وُن
کلہ والہِ پأرِی لگہ ہے بدٕلی چھُ حیاتٕ ذاتھاہ

چانی خیالہ ہردم غم ہیوٚتنہ زانہہ خیالَن
نتہ لیُس دوہا کڈُن بیوو سےٚ اوس حأری ثاتھاہ



